# یارس ونتے میون

شعرِ سومبرن

عادلؔ کرالہٖ وائری

ترتیب

پروفیسر رؤف عادل

# یارس ونتے میون

## شعر سومبرن

عادلؔ کرالہ وأری
(9622945335)

ترتیب

پروفیسر روف عادل

☆ کتابہِ ہُنٛد ناو : یارس ونتے میون

☆ مصنف : عادل آ کرالہ وأری

☆ ترتیب وتزہین : پروفیسر روف عادل 9797999101

☆ کمپوٹر کمپوزنگ : الحسین پرنٹرس واتھورہ

9419501129

☆ گوڈنیک ایڈیشن: ۲۰۱۷ء

☆ تعداد : ۵۰۰

☆ مول : ۳۵۰ روپیہ

☆ سرورق : الحسین پرنٹرس واتھورہ

☆ پریس : الحسین پرنٹرس واتھورہ

کتاب میلنٛگ پتاہ:۔

☆ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر

☆ سن شاین بک شاپ چاڈورہ

☆ الحسین پرنٹرس واتھورہ چاڈورہ

یہِ کتاب چھاپ کرنس منز کورٕ رِیاستی کلچرل اکاڈمی مٲلی امداد۔ یمہِ باپتھ بہٕ لمہِ ادارُک مشکور چھس۔ کتابہِ منز چھاپ سپدی متہِ کُلہم مواد ک ذمہٕ وار چھس بہٕ پانے۔

نظرے اکہِ ٔستی تھچھ ئُج قرارس
حبسۂ ویسرآ وَنس نیونم حوش
خبرے پیۂِ نا لولۂ بیمارس
یارس ژٔ ونتے میون

# ترتیب

# انتساب

والدہ محترمہ زیبہ بیگم صاحبہ ءِ شدِ ناوِ یہ شدِ زنم دنہ ء ، رچھنہ ء ، پھانپھلاونہ ء ، مناسب تربیت دنہ تہ راتھ دوہ خوداوندِ کریمس منگ منگ کرنہ ءَ کنئ بہ یتھ مقامس ووتُس ۔

اللہ تعالیٰ بخشنس زیادہ آئے تہ پائے تہ مے دِین یہ شز خدمت کرنک توفیق ۔ آمین

روف عادل

# سوزن ڈٲہتھ نیوٗنس

رحیم صأب سوپٲری سُند مذکوٗرٕ شارٕ مصرٕ چھ دون تخلیقی پزرن ہُنٛد ترجمان ۔ اکھ گوٚو ساز واین والین ہُنٛد چھوراونہٕ پنہٕ وول سازٕت تہٕ موسیقی ہنٛز ڈٲہتھ نہٕ واجینٛو لے تہٕ آہنگ تہٕ بیاکھ گوٚو بوزن وألی سُند سوزس منٛزلین گوٗہتھ ووسنس یُن ۔ یوہے گوٚو پنٛدرازنہٕ دربارُک چھوراون وول پازیبہٕ شرٕونی تہٕ صداتہٕ یہ شرٕونی تہٕ صدابوٗزتھ بوزن وألی سُند ووسنس یتھ احمد بٹہٕ وأری سُند تِتھس ہوس تخلیقی صورتحالس اظہار بخشن ۔

پنٛدرازنہٕ دربارٕ نغمہٕ کران چھی پُرستانو
سوزِ منصوٗر گرٕ بزان کن مے دِزٕوم گوس دیوانو

یُتھے ہیوٗ سوز تہٕ سروٗر چھ تمہٕ ساعتہٕ بوزن وألس ڈٲہتھ نتھ تن تہٕ من وولساوان، یێلہٕ سُہ ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھٕ نشر سپدن واجنین کینٛہہ لافانی سازن تہٕ آوازن منٛز جناب عادِل کرٕالہٕ وأری سٕندی صدابہار نغمہٕ بوزان چھ ۔

مأرِ منٛدِ یارو ماے چانٛی چھم تے
روے ہاوتم تے بلہٕ بیمار
پڑاران لوسم چشمِ بادم تے
روے ہاوتم تے بلہٕ بیمار

در اصل چُھ عادل کرالہٕ وأرِی تِمہِ اعلیٰ مُستند تہٕ خوٗبصوٗرت شارِ روایژ ہُنٛد تسلسُل، یوسہٕ شارِ روایت ژزارِ شریف تہٕ بڈگامٕس منٛز باگ یِکس زرخیز زمینہِ ژکلس پیٹھ پھاپھلیہِ، یمیٚک ارتقائی پڑاو "گلریز" ہُنٛد تخلیق کار مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرِی تہٕ "کشمیری زُبان اورشاعری" ہُنٛد خالق عبدالاحد آزاد چُھ ۔ اتھ شارِ روایژ ہنٛدِس رومان پروَرِ فضاہس منٛز چھ موتی لال ساقی سُنٛد یتھ ہیوٚ لولہٕ نغمہٕ تہِ زاہِن لبان ؎

غنیمت شامِ غم روزِیا نہٕ روزِیا
تِمِس زُلفن سۍ خم روزِیا نہٕ روزِیا

عادل کرالہٕ وأرِی ہنٛدی شوق نغمہٕ تہٕ چھِ امی شارِ روایژ ہنٛدی تِتھی تخلیقی اِظہار یِم لمہِ سرِ زمینُک شاعرلہٕ حُسن بٔنِتھ ہن مولناوان تہٕ نِچھناوان چھِ۔ حالانکہِ پزر چھُ یہِ زِ عادل کرالہٕ وأرِی

چُھ پننہٕ کلہم شارٕ روایژ وأقف تہٕ تہٕ تمہٕ نشہٕ چُھ استفادٕ تہٕ کران مگر پزر چُھ پتہٕ زِ تسُنٛد یہِ استفادٕ چُھ تسند بن لولہٕ نغمن منز لِسأنی کیٚو موضوعی اعتبارٕ تس لمہٕ قبیلہٕ کین باقے شأعرن نشہٕ امتیاز بخشان۔ روایتی عام فہم زبان ورتاونہٕ باوجوٗد چُھ اتھ زبأنی اکھ تیُتھ تخلیقی قوّت موجوٗد یُس عام لفظن استعارأتی معنی دِتھ تِتھی تخلیقی اِمکان بخشان چُھ یمہٕ أکِس کامیاب شأعرٕ سُنٛد نیب دِوان چُھ۔ یوٚہے لِسأنی اِظہار چُھ عادل کرٛالہٕ وأری سٕنٛد بن نغمن منز موسیقی، نغمہٕ گی رنگا رنگ شأعرانہٕ تجرُبن ہُنٛد حسن بخشان۔

عشقہٕ پیچان پان وٕلی وٕلی از بہِتھ رنگہٕ ناوِ منز

زوٗنہٕ گاشس عاشقن زن تارٕ تاران ہامتیٚو

عادل کرٛالہٕ وأری سٕنٛز کلہم شأعری منز چُھ وژُن أہنٛدِ شأعرانہٕ فنُک نوٚن نیب، تکیازِ وژُن چُھ کأشرِ شارٕ روایژ ہُنٛد اکھ بُنیأدی تہٕ اہم شارٕ صِنف، یتھ کلہم کأشرِ شأعری منز پنُن اکھ بدوٗن مقأمی رنگ، انہارٕ تہٕ آکار چُھ تہٕ عادل کرٛالہٕ وأری تہٕ چُھ أتھی مقأمی صِنفہِ منز پننس تخلیقی اظہارس زو انان تہٕ پنٔنِن أندرِمِین جذباتن، احساساتن تہٕ تجرُبن أکِس کامیاب شأعرٕ

ٟسندی پأٹھی اظہار بخشان۔ پزٕ چھ یہ تہٕ عادلؔ چھُ غزل تہٕ لکھان تہٕ غزلس منز پننہٕ منفرِد شأعرانہٕ وطیرُک احساس تہٕ ووتلاوان۔ ہرگاہ أمِس زبان، لفظ، ترکیبہٕ، تشبیہہٕ تہٕ استعارٕ مشترکہٕ چھے مگر دوشوٕنی صِنفن منز چھ یِہُنٛد ورتاوٕ شأرِ صِنفہٕ ہُنٛدِ مزاز تہٕ آہنگہٕ مُطأبق ورتاونہٕ آمُت تِکیازِ غزلس تہٕ وژنس درمیان بٔڈ چھُ سُہ بٔڈ یُس یہنٛدِس غزلس تہٕ وژنس منز بیوٚن بیوٚن اندازٕ تہٕ انمانہٕ شأعرسٕنزِ فنکأری ہُنٛد نوٚن نیب دِوان چھُ۔

ہتے ویٚسی چارٕ نے لوٚگ عشقہٕ نارس\
یارس ژٕ ونتے میوٚن\
سارٕ نے تھوونم کوتاہ ئہ پزٕارس\
یارس ژٕ ونتے میوٚن\
زُلف یلہٕ تراوِتھ چھم مدنوارس\
دٔنٛد چھِس موختہٕ زن وُٹھ تابان\
مس کھاسی چشمہٕ کیاہ چھے جودوگارس\
یارس ژٕ ونتے میوٚن

عادلؔ کرالہٖ واری چھُ مُناجات، نعت تہٕ منقبت تہٕ

لکھان، یمن اکہِ طرفہٕ تِہنٛدِ عقیدُک احترام دیٖد مان سپدان چھُ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھ یمن صِنفن ہٕنٛدِ تخلیقی خصوٗصیٖون ہُنٛد اندازٕ

تہٕ سپدان تِکیٛازِ یِمہٕ ترٛ بشوٗ ے صِنفہٕ ہرگاہ عقیدتی اعتبارٕ نوزُک تہٕ مُقدّس صِنفہٕ سوٗخن چھے اماپوٚز تہٕ گرِتھ تہٕ چھِ یمن الگ الگ صِنفن منٛز الگ الگ موضوعی اندازٕ تہٕ انہار۔ نعت چھُ اکھ موضوٗعی شارٕ ذاتھ۔ یتھ منٛز حضرت محمّد صَلَی اللہُ علیہِ وَسلمن ہُنٛد سیٖرت تہٕ صوٗرت بیان سپدان چھِ۔ اِو کِنٛی چھے یہِ صِنف مقدّس آسنس ستی ستی اکھ نوزُک شارٕ ذاتھ تہٕ یتھ منٛز نعت گو شاعرس مطالعہٕ تہٕ گرٛھِ آسُن تہٕ کائیناتکس اُمس عظیم ترین پائغمبرؐ سٕنٛدِ عظمتُک احساس تہٕ۔ تِکیٛازِ بقولِ کسے :

با خدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار

عادل کرٛالہٕ وأری سٕنٛدی نعت پٔرِتھ چھُ پرن وألِس اندازٕ سپدان زِ شاعر چھُ اتھ عقیدس وأتِتھ نعت لکھان تہٕ پنٛن نظرانہٕ بحضورِ سرورِ کائینات صلی اللہ علیہ وسلم سوزان۔

ہا ہٹہِ تلہٕ کے موختے ہارو
گٹہِ منٛز نوٗر چون گاہ ترٛاوان

تمہِ نوٗرٕ روشن گے کوہسارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان
نازن چانِٛن کُس خریدارو
انہِ کُس تاب اِدٕ بنہِ ابدال
اکھ ادا چون لوِ ستھ سمسارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

عادلؔ کرالہٕ وأری ہرگاہ پننیو مشہوٗر نغموٕ ستی سأری ہے کشیرِ منز عوأمی سوٚتھرِس پیٹھ زانہٕ ماننہٕ یوان چھُ تہٕ یہنٛز کینٛہہ لوکچہٕ لۄکچہِ کتابہٕ یٚو دوے بازرتہِ آیہٕ، مگر ازتام چھِنہٕ یہنٛز کانہہ مکمل شارٕ سومبرن بازر آمٕژ۔ عادلؔ صأب چھُ ازٕ پننی گوڈنِچ "یارس ونتے میوٗن" ناوِچ شارٕ سومبرن پرن والین نذر کران۔ وومید چھےٚ یتھ کنی ریڈیو کشمیرٕ پیٹھ یہنٛدی نشر سپدن وألی باتھ بوزن والین پتٕمین ؤری وادن محفوٗز کران تہٕ وولسنس انان روٗدی، یتھے کنی پزاوِ یہنٛز یہِ شارٕ سومبرن تہِ عوأمی کنیو ادبی سوٚتھرِس پیٹھ قبوٗلِ عام۔

عادلؔ کرالہٕ وأری چھُ یمہِ اعتبارٕ خوش قسمت تیٚمی پننہِ

حیاتی منٛزٕ رے پننہٕ شاعری ہنٛزٕ موسیقی ہُند حض تُل تہٕ بأتن ہنٛز عوامی سوٚتھرِس پیٹھ قبوٗلیت تہٕ وُچھن تہٕ ئرن پننہٕ زِندگأنی منٛزٕ رے۔ عادل صأب چھ حالِ حیات تہٕ خوداوندِ کریم دِیہ نکھ زیٹھ وُمبر مگر تِہنٛز یہِ شارٕ سومبرن چھُ تِہنٛد فرزندِ ارجمنٛد روٗف عادل پننٛز خوش قسمتی زانتھ ترتیب دِوان۔ تس چھ یہِ احساس زِ سہ والہِ پننِس وأِلدِ محترم سٕنٛزٕ حیاتی منٛزٕ رے پٔنن یہِ فرض نکھٕ تہٕ ستی چھس پیشہِ کِنی کأشرِ زبأنی ہُند پروفیسر آسنہٕ تہٕ کأشر زبان پرناونہٕ موکھٕ ماجہِ زیٖوِ ہنٛدِ باپت یہِ رٕژ کأم انجام دِنک شوق تہٕ، تاکہِ کأشرِس ادبس سپدِ یِمہِ شارٕ سومبرنہٕ ستی بێیہِ ہن ہُر بَر تہٕ برٔژر۔ درِ دِس شارٕ سومبرن ترتیب دِتھ تہٕ وأِلدِ محترم سٕنٛد تہٕ پننہٕ ماجہِ زیٖوِ کأشرِ زبأنی ہُند حق نکھٕ وألتھ کھسہِ تِسنٛدِ س شوقس تہٕ ذوقس بوش۔

دُعا گو

**پروفیسر شادؔ رمضان**

صابقہ صدر شعبہ کشمیری

کشمیر یونیورسٹی

# رٔسیل شأعر تہٕ مٔژھیل انسان

یہٕ چھےٚ کأشر زبأنی ہِنٛدِس ناماوار شأعر عأدل کرالہٕ وأرِ صأبس نسبت میأنی ذأتی رائے زِسہٕ یُتھ تاہ رٔسیل شأعر چھُ تِمی انمانہٕ چھُ سُہ خلوٗصہٕ وول تہٕ مٔژھیُل انسان۔ یہٕ وَنُن تہٕ چھُ مےٚ لأزمی باسان زِ کأنٛسہِ نسبت رائے دِنی چھُ کارے دارِد تکیازِ کانٛہہ تہِ رائے قأیم کرنہٕ برونٛہہ گژھِ تَس شخصہٕ سُنٛد تیٚژ تاہ پَے پتاہ آسُن یتھٕ کِنۍ کنہِ کتابہِ نسبت تبصرٕ کرنہٕ خأطرٕ بھرپوٗر مطالعہٕ آسُن گژھِ۔ اِو سببہٕ چھُس بہٕ حق بجانب تکیازِ عأدل صأب زانن بہٕ قریب ارتأجہہ وٕری (48) برونٛٹھٕ پٮ۪ٹھٕ یِیلہِ بہٕ یونیورسٹی منٛز زیرِ تألیم اوسُس تہٕ تتھ دورس منٛز تہِ أسی ریڈیو پٮ۪ٹھٕ عأدل کرالہٕ وأرِ سٕنٛدی بأتھ چلان روزان تہٕ یِیلہِ بہٕ پتہٕ باضابطہٕ ریڈیوٚک مُلازِم سپدُس تمہِ پتہٕ گیہٕ سأنی زان پہچان دوستی منٛز تبدیل تہٕ پانہٕ وأنی رٔ داکھ أکی سُنٛد گرٕ تہِ یِن گژھُن تہٕ ییتہٕ عأدل صأب مےٚ پٔژن کوٗنٛس بوے زانان اوس تتہِ رٔ دیہنٛد کوٗنٛس بوے شأعر قلمکار تہٕ براڈکاسٹر شمشاد کرالہٕ وأرِ تہِ برابر میون کوٗنٛس بوے۔

بہر کیف سلسلہٕ چھُ طویل زندگی ہنٛد بن مختلف مرحلن پٮ۪ٹھ رٔ دِ

أسی اکھأ اَکس نکھٕ ڈکھٕ تہٕ پزٕ بتھ دورس منز رٕو دا کھأ کی سُند مشورٕ شأمل حال تہٕ از تام تہٕ چھُ بفضلِ خوداپانہٕ وأنی رُت تعلق تہٕ مائے تہٕ ملوٗار۔ نرم مزاج، خوش گفتار، ملیہٕ بوٗ رُت تہٕ انسان دوست عادل چھُ شرافت تہٕ سادٕ گی ہُنٛد مجسم۔

عادل صاب چھُ کأشر لکہٕ لیہٕ ہُنٛد سدا بہار تہٕ پھولہٕ وُن شأعر ییمی ہٕنٛدی شعر سازن کھےٚ ٹلان تہٕ فنکارن نوٗ جہت چھِ بخشان۔ یہٕنٛد وٕہار چھُ سُے یُس کأشرِ زبأنی سینہٕ بسینہٕ رٔژھراونک حأمل چھُ رٕو دمُت ییم چھِ عام سوٗتھرِ پیٛٹھٕ لفظ ٹُلتھ تمہٕ خداداد ہونرمندی سان شعر کٔمن سانچن منز ترٛاوان زِ اکھ چھُ شعرٕچ رٔنگینی تہٕ مزاج مأری موٗند بنان بیٚیہٕ چھِ عام سوٗتھرِ پیٛٹھٕ وٕتھتھ بالا تہٕ اعلیٰ ایوانن منز شایستہٕ گی تہٕ شوٗ بناوان۔ تصوف تہٕ تخیُل چھُ تھدِ معیارُک تہٕ یہٕ چھُ لوس وولسنس أنتھ معشوق ہٕنٛدِس ووٗجوٗدس رونہٕ رومالہٕ ہُنٛد واو کرناوان۔ عادل صأبنس کلامس منز چھےٚ غنأیت تہٕ اُکس اُکس شعرس چھےٚ ژلہٕ وٕنہٕ پاں ژادرٕ ہنٛز بےٚ پھرٕوک روأنی تہٕ اتھ چھےٚ روٗحس شہلتھ بخشن واجیٚنٛی لے تہٕ موسیقی پیٛدان۔ ییم چھِ تم اوصاف ییم اتھ شأعری فی دورس منز آئے تہٕ شأعرس زمانہٕ ہا گُزرنس تام پوشن پائے بخشن۔

۱۲ ماہِ اکتوبر ۲۰۱۶ء
"یومِ عاشورہ"

عبدالاحد فرہاد
عمر ہیر بٔڈ ہ پوٗر سرینگر

# شۄبی سلام

عادل کرالہٕ واری چھُ وژنہٕ چالہٕ جان تہٕ زبر بأتھ لکھان یتھ منز نعت، منقبت غزلہٕ تہٕ نظمہٕ تہٕ شامل چھے۔ أہند بن بأتن منز چھُ عشقیہ رومأنی تہٕ غألب لگہٕ رنگ نُمایاں۔ آھنگ چھُ خوش کرُن تہٕ وژنک میچھر بخشان۔ أہندس کلامَس منز گرٛھن توہہٕ وطنی، سیأسی تہٕ سمأجی نظمہٕ تہٕ نظرِیمن پنٛز توأریخی حیثیژ یتھ چھے۔ یہٕ شأعری چھے سہل کھریو تہٕ کھنگرو ورأے اکھ روان ڈری یا ویُس پرن وألس تہٕ بوزن وألس ڈٲتھ نوان چھُ۔

اَتھ منز چھُ میانہٕ خیالہٕ ترٛین عنصرن ہُند عمل دخل۔ عادل چھُ تِتھِس ادبی لیحاظہٕ بختہٕ بڑِس گامَس منز تھنہٕ پیومُت ییٚتِک پۄد پۄد شأعرانہٕ لَے ہێتھ چھُ۔ یہٕ گام چھُ کرالہٕ وأر (بڑوہم کرالوہار) یُس قدیم آباد گام چھُ۔ أتھی گامَس کیٛاہ گُل کأشرِبن چھُ امی سرزمینہٕ پێٹھ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری نہٕ گلریزِ ہُندمَس نوش کرناوان آمُت تہٕ تاپہٕ وُڈرَن پێٹھ شیٚجہٕ بونہٕ ہُند شیٚہجار آیتن تھاوان رۄدمُت۔ امہٕ گامُک

قدرتی آب وہواتہٕ چھُ گلریز ہُندِ باغ بہارٕ کی پأٹھی مُتی کروُن۔ أندی
أندی قدآوار پھرٕ بس چھِس ہمالکی پأٹھی رأچھی تہٕ منز باگ بجہٕ بجہٕ
کاڈکڈرٕ ونہٕ بونہٕ چھےٚ گربشمہٕ کالچبن تاپہٕ ژنجبن منز أزی کہٕ ائیر کنڈشنہٕ
کھوتہٕ وارِیاہ فرحت بخشن وول خوش ہواموُیئر تھاوان۔ یہٕ چھُ اتھ
تمہٕ دودھ گنگایہ ہُند دیُت۔ تیمکس بٔڈِس پیٹھ یہٕ گام آباد چھُ تتھ پیٹھ
چھُ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲری ونان ''کُجا کرالہٕ وٲری کُجا سأئلِ ڈل، کُجا
دودھ گنگا کُجا زالہٕ کول'' اتیک سونتھ تہٕ چھُ مُتی کران تہٕ ہرُدتہٕ دِلکش
رنگ چھکران۔ سونتہٕ کالہٕ جاناوارن ہُند چرِی گش تہٕ ہرُداژوٗنے
دچھِ پوٗنپری ہندی نغمہٕ چھِ قدرتس داد دِنَس کُن ظون پھِران۔ تتھِس
ہوٚسَس تہٕ نوعَس منز یٚیلہٕ اکھ شوقل منُش آسہٕ گلریزہٕ نز گنگرائے کعن
گرٕ ھِتھ پھاپھلیومُت سہٕ کتہٕ روزِ قلمَس زِ و دِتھ شوقس کھہر نہ
کھالنے۔ بڈِ پایہٕ بیا کھ کتھ تہٕ زِیہٕ گام چھُ حض شیٚخَسؒ دریگام ینہٕ
گرٕ ھنہٕ وِزِ تھکہٕ پینڈ اوسمُت آسان۔ یہٕ ہُند نقشِ پاوٗنتہٕ أکِس کنہٕ پیٹھ
اتہٕ موجوٗد چھُ تہٕ ترٚیم کتھ یَس سرٕ و شٔہجِ مہربان موج آسہے تھدِ پایہٕ
گونماتھ، یوسہٕ ہمیشہِ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ گنگراوان أسی روزان تہٕ فی
الدیہہ ساسہٕ واد ونہٕ وُن ہُری موقعہٕ محل وُچھِتھ تخلیق کران أس
اوٗ ہندٕ ے خانہٕ مول زیٚٹھ اولاد عادل کرالہٕ وٲری کتہِ روزِ ہے من سر

نند رِتھاوِتھ قلمس زٕ بو دِتھ بنیو ویہٕ لوکچہٕ وٲنسہٕ پیٹھے اکھ نٲمی ناو۔

عادل کرالہٕ وٲری چھُ پننِ اکثر عشقہٕ غزل پنٕنس محبوبس پان آلوِتھ قلمہٕ کڈان۔ فن چھُس تیٚتھ زِ بظاہر عام لولہٕ وِہ ہار بٲستھ تہِ چھُنہٕ کانٛہہ شار ہرگز تہِ بازٲری شاعری ہُند باس دوان۔ پرٚتھ کانٛہہ شار چھُ اخلاق تہٕ تہذیبک نمونہٕ تہٕ پرٚتھ بوزن وٲلِس تہٕ پرن وٲلِس پننہٕ پننہٕ شیشہِ مَس چاوان۔ یِم شار چھِ نند رِتُلان نہ زِ کاف کھٲلتھ بے ہوش کران۔ ٲمی سنٛز زبان چھےٚ پاک تہٕ پاکیز، صاف تہٕ شوٚز۔ یِمہٕ رٕکنِ ٲمِس لۄکہِ پانے پٔذیرٲیی میلان روٗزتہٕ امہِ علاقکی واریاہ دوٚیِم شاعر روٗدی ژھایہِ ہُلس یوٚ دوے زَن تِمن شاعری ہنٛز دیوی زیادے دٔ ے تہِ گموٚٲس مگر شرفِ قبولیت چھُ اللہ تعالیٰ ہَس تام یَس بخشہِ کیازِ سہ چھُنہٕ وُچھان قیلس تہٕ قالس سُہ چھُ وُچھان دلہٕ رٕکس حالس۔ عادل چھُ اسم بامُسمیٰ۔ مژھل تہٕ سادٕہ فطرت، ہمدرد تہٕ غمگسار۔ بیٚیہٕ سنٛز سختی تہٕ پریشانی وُچھِتھ اوٚش ہارن ووٚل۔ اوٕرٕکنِ چھُس دشمن تہٕ واریاہ کیازِ صاف گوٚو چھُ۔ اتیٚتھ چھُم برمحل یاد پیوان حضرت علی کرم اللہ وجہٗ ہُند قول زِ ”دشمن چھِ تَس آسان یُس حق کتھ ونان آسہِ“ مگر یارن ہُند حلقہٕ چھُس نہٕ کم کینٛہہ بلکہِ سبٹھاہ بوٚڈ یِم ٲمی سنٛزِ مجلس آرٲیی ہنٛدی معترف چھِ۔

أہندی اکثر بأتھ چھِ ریڈیو کشمیرٕ پٮ۪ٹھٕ نشر سپدن ۔کنٕ واریاہ مقبوٗل گأمتی ۔یمن منٛز کینٛہہ لوکچن لوکچن کتابن ہندِس صورتس منٛز چھاپ تہٕ سپدی مٕتی أسی یم گۄڈھی واریاہ کال برٛونٛہہ مجموعہ ۔کس صورتس منٛز چھاپ گأمتی آسنی ۔مگر...... پرٕ بتھ کانٛہہ کأم چھےٚ پننہٕ ؔنس وقتس پٮ۪ٹھ سپدان۔

بٕ چھُس خوش زِ أہندی فرزندٕ پروفیسر روف عادلن کڈٕ أہنٛز شارٕ سومبرن بازریوسٕ سو قدر پزٕاوِتھ یہِ حقدار چھےٚ کیازِ امہِ چالہِ چھےٚ ووٕنی کمے شأعری سپدان یہِ چھُ سون مُشترکہٕ ترکہِ اللہ تعالیٰ تھأوِن عادلؔ صأبٕس بہ سلامت، زندٕ روٗزن تہٕ پھُلے چھأوِن۔

لوکٹ بوے

احقر شمشاد کرالہٕ وأری

۲۴۔۷۔۲۰۱۷ء

وَکھرأ ژھۄنٛز ابجتھ ۴۰ منٹ

# گوڈ کتھ

کأشر زبانہِ یُس دیُت بڈ گا مکھ شأعر وعطا کوٗ رمُت چھُ تہٕ اَز تہِ چھس کران سہ چھُ کأشر ادبکہِ تأریخک اکھ پربزلوٗن حصہٕ۔ ییمہِ زٕمینہِ دیُت شمٚس فقیرٕس، حقأنیٚس، مصطفٰی شاہس، صمد میرٕس، اکرم لوٚنس، دردمندٕس، بسملس، مقبولس، آزادٕس، بلبلس، دلسوزٕس، فارقٚس، غنیٚس، شاہدٕس، سرورٕس، تہٕ شادٕس پھہہ تہٕ لولہِ للہٕ وِتھ کھالِن تھر۔

عادل چھُ سانہِ ادبی کاروانک نوٚ واتہٕ گتھ۔ أمی ہنز شأعری ہنز ومبر چھےٚ وُنہِ سبٹھاہ کم تکیاز ِ راتھ تامتھ اوس یہِ لوکچار کِنہ مُدرٕ بن خابن ہتی گندان یہِ وأتس چھےٚ آسان گندٕنج تہٕ درو کنٕج وون گوٚو شأعری ہنزِ دیوی تژ وولوکچارسے منز أمِس پٮ۪ٹھ پٮ۪ن سایہِ تہٕ اتھ سایَس تل گوٚو یہِ پننی ارمان کاغذ ورقن پٮ۪ٹھ چھکراوان۔ مےٚ چھےٚ وومید زِ ومبرِ تہ بجرٕس کُن وِچھتھ دِن شوقہٕ وألی أمی ہندِس شوقس تہٕ زوقس داد۔

گوٚمُت گلالن اُچھن چھُ پچہٕ پھیٚر تہٕ سنمبلن پاٗرۍ زان ڈٕچھ
چھنا غنیمت چھٕنۍ یمبرزل تیمس اُچھن مژ چھُ آب باقی
راہی

موتی لال ساقی

۱۴ ستمبر ۱۹۶۲ء

یہٕ گوڈ کتھ چھےٚ ساقی صاٗبن تتھ لوکچہٕ کتابہٕ ہندِس سرِ نٔقس پیٹھ پننہٕ اتھہٕ لیچھمٕژ یُس حصہ عادل کرالہٕ واٗرۍ گوڈنچ چھاپ کوٚر رٔمت چھُ۔

# مےٚ پرٛشارِ سوٚمبرن

رفیق من جناب عادل کرالہٕ وأری

السلام علیکُم : رحمتہ اللہ و برکاتہٗ ۔



شارِ سوٚمبرن پرٛ مےٚ پرٛتو تہٕ تہِ میٹھ
باوَنس لوٕلکو غزل گرٛتھ وأنس زیٹھ
دِلکس باغس غزل پھٲلۍمتۍ زن گولاب
چھے اگنز رہن بلبلن لوگمُت دولاب
تَتھ گُلستانَس اندر مقبوٗل پھوٚل
عادلٚن بیٚتہِ دلقرارس نافہٕ موٚل
عشقہٕ متوی میون دلبر خوش کلام
عاقبت آخر أمِس پیٚتھن انجام
چھُم مےٚ سُے ہمدم تہٕ بیٚہِ چھُم جانٔ یار
خاصکر أزی کٔمن ایامَن غمگُسار
أسی چھِ از لرِ لوٚر بسأنی کرالہٕ وأر

حالہِ احوائن أَکس اکھ چھی نہٕ غأر
یہوے ملشار اسہِ پۆشتن پانہٕ وأنی
باگہِ گوٚژھ یُن لولہِ ورتاو مانہٕ مأنی
بٚیہِ گرن عاشق یمن غزلن طمار
رتھِ کھأرِن جل یمن پرور دگار
گژھِ کرُن شیرأزی یُن لیۆکھمُت قبول
کامرأنی بنٛ تنس سُہ چھُ دل ملول

علی محمد شیرأزیؔ
کرالہ وأرژوڈُر

# کجا کرالہٕ وأری کجا سأئلِ ڈل

اتھ چھنہٕ کانٛہہ شک زِ کرالہٕ وأر چھنہٕ کُنہ تعارفُک موحتاج تِکیازِ اتھ سرزمین پیٹھ چھُ اکھ روحانی بزرگ تہٕ عشقہٕ مثنوی گُل ریزِ ہُنٛد عشقہٕ پیچان مقبول شاہ کرالہٕ وأری ہیوٚ پایہٕ بوٚڈ شاعر تقریباً ز ہَتھ ؤری بروٚنٛٹھ پأدٕ سپُد مُت ، مےٚ چھُ باسان خالے کانٛہہ آسہِ سُہ یمی سٕنٛز زِ بوٚ پیٹھ مقبول شاہ کرالہٕ وأری آسنہٕ ۔ امہِ علاوٕ تہِ چھِ یتھ گامَس منٛز کینٛہہ جان جان شخصیژ یِہنٛدِ ناوہٕ ستی کرالہ وأر یاد یوان چھُ میوٚن اشارٕ چھُ وادی ہِنٛدِس سرکردٕ براڈکاسٹر، ترجمہٕ کارتہٕ ناول نگار شمشاد کرالہ وأرِس کُن یُس میوٚن برادرِ اصغر تہِ چھُ ۔ شمشاد صأبُن چھُ کأشرِس ادبس تھٔکُن لایق دیٚت ، حالے آیہِ تِہنٛز اکھ ترجمہٕ کرٕنٛ ناول "جُرم تہٕ سزا" تہِ بازرِ یمہِ ستی کأشر ناول صنفہِ تھٔکُن لایق اضافہٕ سپُد تہٕ اَز کل تہِ چھِ قورانِ شریفس کأشُر ترجمہٕ کرنٕچ رِژ کامہِ ستی آورِ خدا واتہٕ نأوِ نکھ یہِ شوق رٕتی پأٹھی اند۔ آمین، بیٚیہِ اکھ قابلِ کارتہٕ روحانی شاعر عبدالسلام ثانی صأب تہِ اوس تتھی گامَس منٛز روزان، تم درائے ۱۵ جولائی ۱۹۷۸ء یمہِ دنیا۔ یہِ گام چھُ سرینگرٕ پیٹھ جنوب

مغرب بڈگامٕ ضعلکس ژوڑرؠ تحصیلَس منز أکس باکمال تہٕ روحانی بزرگ حضرت شیخ العالم شیخ نورالدین نورانیؒ ہنٛدِس شوبدار مرکزٕ چرارشریفَس جنوب کہ طرفہٕ تقریباًسَتھ أٹھ کلومیٹر ہیوٚ دور تہٕ کشیرٕ ہنٛدِس مشہورومعروف نالے دودھ گنگاکس آرٕ بٔٹھس پیٹھ آباد چھ ذکر معروف شاعر مقبول صاب کرالہ وأرؠ ییٚمہِ آیہ گرٕہٕ چھےٚ (کُجا کرالہ وأرؠ کجاسأل ڈَل کُجا دودھ گنگا کُجا زالہِ کول)۔ اتھ گامَس چھُ قودرتن امہِ قسمُک خاص شرف بخشمُت زِ اتھ آرس چھُ وٕہرٕ ؤرٕیَس صاف شفاف تہٕ زووس ویہ وُن آب ژھٹہٕ ماران آسان تہٕ یوٚنہِ سونتہٕ شروع سپدنہ پیٹھے چھُ اتھ آرس زنتہٕ نوٚ ویاوُن لگان تہٕ پنہٕ نٮ۪ن ہمسایہ گامن خاصکر کرالہٕ وأرس گریشمہٕ کالَس منز ٹھنٛڈٕ ہواچاےٚ وِتھ روحس تازگی بخشان گاہے چھِ کرالہ وأرِکی لوٚکھ اتھ آرٕ بٔٹھس پیٹھ آرٕ کِس نظارَس مدعے گنٛڈِتھ تھلہِ تھلہِ وُچھتھ پنُن دِل بہلاوان أتھی آرَس آو تقریباً نون کرورَن روپین ہنٛد لاگتہٕ سٟتؠ اکھ بوٚڈ بارٕ تہٕ کارآمد کٔدل بناونہٕ یُس تقریباً ترٕ ؤرٕین منز تیار گو تہٕ مقامی اسمبلی ممبر تہٕ وزیر خزانہ جناب عبدالرحیم راتھر صابن کوٚر ۹ ستمبر ۲۰۱۱ء کہ دوہ یہِ شوبدار تہٕ مأرؠ موٚند کٔدل لوکن ہنزِ سہولیژٕ خأطرٕ وقف۔ ییٚمہِ سٟتؠ اتھ علاقَسے یوت نہٕ بلکہ کرالہ وأرس تہٕ بڈٕ یہِ رونق۔ أتھی کٔدلس کھسوٚنے

چھےٚ مڈل سکولچہٕ بیلڈنگہٕ جورا شولہٕ ماران تہٕ امہٕ سکولکین وستادن تہٕ بچن چھُ تمہٕ بونہٕ ہنٛدِ شہجارُک تأثیر پلان یتھ بونہٕ تل مقبول شاہ کرالہ وأری عجب ملکس تہٕ نوش لبہٕ محبتُک جامہٕ ولان اوس۔ مگر ونکبس چھےٚ سوٕ بۆنی أندی أندی میٛو کورِتھ زنتہٕ مقبول صأب کرالہ وأرس ونان:

مہرازٕ مدنَس ژٕےٚ کوٚرُتھ شانو کرالہٕ وأر بونہٕ شہجارس تل
سوٕ بۆنی اَز چھےٚ اۆش ہارانو چھُم ارمانو وُچھہے روٕئے

یتھ چھہٕ یہٕ مشرٛاوُن لایق زِ یمہٕ علاقہٕ کین مأری منزن تہٕ شاندار جامعہ مسجدن منٛز چھےٚ یمہٕ گامٕچ جامعہ مسجد شریف تہٕ شمارس منٛز یوان تہٕ کیاز ِ اتھ آیہٕ أکِس منصوبہٕ بندہٕ تہٕ متفق رأے سان کمیٹی تحت ۱۴ مارچ ۲۰۰۴ء منٛز سنگِ بنیاد تراونہٕ تہٕ اتھ دوٚہس پیٹھ زنتہٕ آے یمہٕ گامکی لوکھ ووسنَس۔ مسجدِ شریفس لگی تقریباً ژٕترٕ ؤری تیار گژھنَس تہٕ ونکبس چھِ یہٕ جامعہ مسجدِ شریف ہاوٕنی تہٕ باوٕنی لایق۔

میون دعا چھُ امکین خدمت کرن والین تہٕ اتھ لول برن والین گرن رب العالمین ثواب دارین عطا تہٕ اتھ جامعہ مسجد شریفس منٛز نماز پرن والین ہنٛز نماز تھاوٕن پننہٕ بارگاہِ منٛز قبول آمین۔ ثم آمین۔

عادل کرالہٕ وأری

# کم وِہی وأنسہِ وتہٕ آیم

کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبکین شہکارن تہٕ پایہ بڈٕن تنقید نگارن چھس یہ عرض کران زِ میانہِ شعری کلامُک کیٛنژھہ حصہٕ چھُ میأنس لوکچارس منٛزٕ ے أکِس لوکچہِ کتابہِ ہندِس صورتَس منٛز ترےٚن حصن منٛز چھاپ سپُد مُت تمہِ وِزِ أس میأنۍ وأنس محض پنٛژہ ۲۵ ؤری۔ یہ ونہٕ بہٕ وثوقہٕ سان زِ اتھ وأنسہِ منٛز یُس تہِ میون کلام چھاپ سپُد تتھ منٛز چھےٚ مے کیٛنژھہ خأمیہِ روزمٕژ یم نہٕ مے أز تام دوٗر ہیٚچہٕ کٔرِتھ تکیازِ پٔتٕم پان پرٕژھیوٚن ہیوٚ زأنتھ تہٕ أز پگاہ کٔری کٔری یوٚتام یہ وَق ووت خأر أز آو مے موقعہٕ تم غلطیہِ دوٗر کرٕنٛک۔ وونۍ ہرگاہ أز تہِ کُنہِ کُنہِ جایہِ کیٛنژھہ کوتاہیہِ روزمٕژ آسن مے چھےٚ وومید زِ ادب شناس قأری کرن تمن کوتأہین ہنٛز نشاندہی کٔرِتھ پننوٚ زرین خیالوٚ ستی زأنۍ یاب۔ یُتھ میأنِس علمس منٛز تہِ ہُر برسِ۔ پنٛنۍ زان دنہٕ باپت چھُ ضروری زِ دسلابہٕ کرٕ بہٕ پننہِ نس بابہٕ صأب ہندِ ناوٕ ستی یہنٛزن مجلسن منٛز حأضر روٗزِتھ میون من تہٕ ذہن پھانپھلیوٚ وتم أسی فقیر ملت حضرت سید میرک شاہ صأب کاشأنۍ ہنٛزی روحأنۍ فرزند خواجہ محمد

رمضان بٹ تہ تہندِس والد محترم سُند ناو اوس خواجہ عبدالاحد بٹ۔ یم اکھ عالم تہٕ خدادوس بزرگ تہِ آسی متی چھِ پیشہٕ کنی آسی زمیندار تہٕ تھدِ پایکی ذی شعور تہٕ میانی بخنتہٕ بڈ موج مہر دبدآس ہمسایہٕ گام زوہاچ کوٚرِ لیس یہٕ ۲۱ اگست ۱۹۳۹ء جمعہ دوہہ صُبح گاش پھولنہٕ وزِ زامُت چھُس تیمی پننہٕ وچھکھ شیر دِتھ بہٕ للوٚمُت تہٕ سلوٚمُت چھُس۔ میانہِ موکھ ۂ کرِ شھاہ سختی آسہٕ تمہِ برداشت کرمژٕ تہٕ زلنہِ سو تہٕ سہٕ وقِ اِد میون خوداوزن تہٕ تھاوِن مے گونہگار سُند یہ دعا منظور زِیم تہِ ازتام ییمہِ دنیا دراٚمتی چھِ تمو سان گرِن میانس مائِلس ماجہِ جنت الفردوس عطا تہٕ تہنُد روح روٗزِن مے پٹھ پرٕ بتھ ساعتہٕ رأضی۔ آمین۔

مے چھُ یہِ وارٕ یاد زِ میانس مائِلس ماجہ اوس میانہِ تاٗلیم پرٕنک سبٹھاہ شوق مگر قرآن شریف پرٕنہٕ علاوہ ہیوٚک مے مشکلی سان ژٕہمہِ جمأژ ہُند امتحان پاس کرِتھ تہٕ ۳ ڈسمبر ۱۹۶۱ء یَس منز بنیوس بہٕ محکمہ اریگیشنس منز سرکأری ملأزِم ییمیک آرڈر مے تمہِ وقتکی وزیر اعلیٰ جناب سید میر قاسم صأبن بزاتِ خود دیت تہٕ ڈیوٹی روزٕم وشہٕ بُگ پلوامہِ اتہٕ اوس اکھ صاحبِ سروت تہٕ نیک سیرت گرٕ وول تیمی سُند ناو خواجہ محمد عبداللہ پنڈت اوس تمی دیت مے گرِ کنِ بأژن ہتی روزنہٕ خأطرٕ ڈیرٕ ییتہِ بہٕ برابر ترٕ بن ؤری ین تمہِ نٕہ ہتی کھوان چوان تہٕ

پننہِ ڈیوٹی ہُند وق خوش اسلوبی سان انجام دوان روُدس۔ اتھ دوران بڈیو بیہ ہناتہ شاعری ہُند شوق تہٕ مے لیکھی اَکس لوکچہِ موکچہ کاپیہِ پێٹھ پننہِ اتھہِ کینٛہہ غزل تہٕ زونٛم مناسب زِ یِم ہاوٕ بہٕ فقیر ملت جناب حضرت سید میرک شاہ صاب کاشانیؒ صابَس یِہُند قیام گاہ شالمارس منٛز چھُ تہٕ یوٗت بہٕ پننہٕ نِس بابہٕ صابَس ستی لوکچارٕ پێٹھے گرٕ ھان اوسُس یِم میانٛی تہٕ مورشدِ پاک چھِ تہٕ یێلہِ مےٚ تمن نش پننہِ شاعری ہنٛز باوَتھ کر تمو فرموو کینٛژھا بوزناو۔ امہِ پتہٕ پٔرۍ مےٚ تمن بروٗنٛہہ کنہِ کینٛہہ غزل یِم بوزِتھ تمو دعاۓ نیک کوٚر تہٕ فرموو کھےٚ چھُ زیادٕ بنان۔ یہِ بۄزِتھ سپٕز مےٚ زبردست حوصلہٕ افزائی تہٕ دِل سپدُم حدٕ روٗس شاد تہٕ میانٛس شوقَس آوامہِ ستی وُژھ تہٕ مےٚ کوٚر تمہِ وِٹلبن کینٛژھن دوستن ہندِ مددتہٕ ستی اکھ لوٕکٹ موٕکٹ کتاب گوڈنیک حصہٕ چھاپ دِنٛگھ سنٛز تہٕ ہاؤم پننہٕ نِس دوست نامور محقق، نقاد تہٕ بہلہِ پایہِ شاعر موتی لال ساقی صابَس یمو تتھ پێٹھ پننہٕ نہِ اتھہِ "گوڈٕ کتھ" لیچھ تہٕ یێلہِ دٔیم حصہٕ مےٚ چھاپ دنہٕ خاطرٕ تس ہووتہٕ تتھ پێٹھ لیکھکھ "ندا" یُس مےٚ تمنے مٔدربن تہٕ میٹھبن لفظن منٛز تۄبرُکن "پوٚت صفس" پێٹھ شامل کرُن مناسب زون۔

یێمہِ بروٗنٛہہ گر مےٚ حضرت میرک شاہ کاشانیؒ صائنٛز ذکر یێمہِ

ستی میانٕس دٕلس زن تہٕ وُنش ہیۆ لوٗگ تہٕ مےٚ زون مناسب زِ پٔتن
اکھ اچھو وچھمُت واقعہ کرہا بہٕ یتھ بیان یُس یتھ پأٹھۍ چھُ۔

اکہِ دوہہ وۆن مےٚ پنٕنۍ بابہٕ صابن زِ از چھُ جمعہ تہٕ نماز پرو حضرت بلہٕ تمہِ پتہٕ گژھو شبس شالمارٕ تکیس پٮ۪ٹھ۔ امہِ پتہٕ درائے أسۍ دونوے مالۍ پتھر تہٕ واتۍ حضرت بل یتہِ اسہِ جمعہ نماز پٔر نماز پٔرتھ چھِ أسۍ شالمارٕ ترنہٕ باپت ڈل بٔٹھس پٮ۪ٹھ ناوِ تارس پیاران تہٕ واوِ طوفان وۆتھ یمہِ کِنۍ نہ اسہِ ناوِ ہندہ زریعہٕ تاردین مناسب زون واریاہس کالس پژارنہٕ باوجود آیہِ نہٕ واوس کانٛہہ کمی تہٕ أسۍ وژایہِ ڈلہٕ بٔٹھۍ بٔٹھۍ وۆکھلی۔ سبٹھاہ پکِتھ واتۍ أسۍ شام نمازِ ژیری پھن أکِس خاص جایہِ یتھ تیل بل نالہٕ ناو چھُ اتھ جایہِ أس ڈلس واریاہ تنگی تہٕ کینٛہہ گھرٕ تہٕ أسۍ اتھ جایہِ بسان یمہِ کِنۍ اتکو روزن والو اتھ ڈلس اورِ یور ترنہٕ باپت ہلہِ منز کینٛہہ تھمب کھڑا کٔرتھ تِمن تالہِ پٮ۪ٹھ تالہِ تانی اکھ اکھ پٔٹ ,کلو ستی بند کٔرِتھ الہِ پلہٕ پنژاہ شیٹھ فٹہٕ زیوٗٹھ یہِ تارٕ ٹھراومُت۔ اوس امہِ تارہ پٮ۪ٹھۍ پکن اوس میانہِ باپت سبٹھاہ مشکل اتھ کن وُچھتھ أس مےٚ وأنج راوان تہٕ یمو پچو پٮ۪ٹھۍ پکنٕگ اوسنہٕ سوالے۔ یأرۍ اوس وَق تہِ خوفتن نمازِ ہُند ووتمُت تہٕ مےٚ دیت مالۍ امہِ تارٕ پٮ۪ٹھۍ ترنُک سبٹھاہ دلاسہٕ تہٕ سبٹھاہ حوصلہٕ یمہِ کِنۍ بہٕ پتھر بیتھ تہٕ کھو کھشہِ کھو کھشہِ مُشکلی سان ڈیمس اندس پٮ۪ٹھ

وُتُس امہِ اندِ تہِ اوس سبٹھاہ کرُٹھ تہٕ زیُٹھ وِیر ماٗدان۔ وتہٕ ہُنٛد اوس نہٕ کُنی اندٕ کانٛہہ نیب نشانہٕ تہٕ نہٕ اُس اپاٗرِ آدم بوے۔ راٗژ ہنٛز تاٗریخی اُس پٔنٕنی مالہٕ زیادے گُنہٕ راوان یِیہِ کنہِ امہِ برونٛہہ کُن پکن سانہٕ باپت محالے یوت نہٕ بلکہ ناممکن تہِ اوس۔ وانجہِ گاشے کینٛہہ قدم پکِتھ گیہ ہنٛگہٕ منٛگہٕ نفر جوراہ ظاٗہر یِمو میاٗنس بابہٕ صاٗبَس ستی خاٗر پاٹھ کوٚرتہٕ دژاے یِمے اسہِ برونٛہہ برونٛہہ یِوٚ تام اُسی ہاٗرون شالماٗر وتہِ نزدیک واٗتی تہٕ یِمو نفرو وُنٛ اسہِ کُن تھِی نیرو وُنی یپاٗرِ تہٕ اسہِ چھُ نیرُن بیٚیہ اندِ تہٕ اتہِ پٮ۪ٹھ اُس وَتھ راہِ راست تہٕ ہنا پکِتھ واٗتی اُسی تکیس پٮ۪ٹھ۔ تِتھے اسہِ فقیر حضرت میرک شاہ صاٗبسؒ سلام کٔرتہٕ سلامِ جواب دِنہٕ پتہٕ فرموو تمو میاٗنس بابہٕ صاٗبَس ہتا رمضانہ کیازِ چھِہم پریشانی تراوان واوہے تجٕون یوٚت ژیری کیازِ دژا کھ غاٗر وتہِ۔ میاٗنی ماٗلی دِتُکھ جواب حضرت یَس یِتھ ڈٔکھ آسہِ تَس راوِیاہ وَتھ امہِ پتہٕ فرموو فقیرن اسہِ پٮ۪ٹھراٗ دِواتھ تہٕ کھیٚیو رزق۔

عجیب کتھ چھےٚ یہِ زِ ترٕ ے بتہٕ ترامہِ آسہٕ سرپوش پٮ۪ٹھ تھاٗوِتھ کھیٚنہٕ والین برونٛہہ کنہِ یِمو منٛز اُکس ترامہِ ژور یِیلہِ زَن دون ترامبن ترٕے ترٕے نفر اُسی وٕ وُنی بیٹھی اُسی زٕ یمن دون ترامبن ستی تہٕ لوگ بتہٕ کھیوٚن۔ بتہٕ کھوان وُنٛ اسہِ ماٗلی پتھرن یِمو باقی نفرو زِ اسہِ حض گو تقریباً اکھ گاٗنٹہٕ کھوتہٕ زیادٕ وَق ترامبن سرپوش پٮ۪ٹھ

تھاوی متس ،تکیا زِ پادشاہَن وۄن تر امبن تھاوِ وفلہال ٹھانڈ پیٹھ نفر زٕ لگِہ غارو تہٕ ۔ ماشااللہ کیاہ نظر اُس جناب سید میرک شاہ کاشانیؒ ہَن اللہ تعالیٰ گرنکھ جنت الفردوس عطا۔ آمین ثُم آمین۔

یِمہٕ بروٚنہہ کرِ مےٚ وشہ بگ پلوامس منز ڈیوٹی ہنز کتھ یِیلہِ بہٕ محکمہ اریگیشنس منز کام اوسس کران پتہٕ گوس بہٕ محکمہ واٹر ورکس منز بحیثیت کلرک تعینات۔ ملازمتکس سلسلس منز پییہ مےٚ وار یاہن علاقن منز پننہٕ ڈیوٹی انجام دِنٕی یتھ منز پلووم، ماگم ، ہندوور، ورمل، بڈگوم تہٕ سرینگر خاص پاٹھی قابل ذکر چھِ تہٕ پانژترہَن ؤری ین ہنز نوکری مکمل کرِتھ گوس بہٕ ۳۱ اگست ۱۹۹۷ء منز نوکری نشہِ سبکدوش۔ ملازمتکین یمن پانژترہن ؤرین دوران کِتیاہ سُنٕ تہٕ وۄگنٕ کرٕ آٹھی تہٕ میٹھی دوہ پییہ مےٚ وچھنٕ تہِ بیان کرن چھُ سبٹھاہ مشکل ۔مگر یہِ ونَس کتہِ کرٕ بہٕ تاب زِمیانٕی لختِ جگر تہٕ تھرِ پیٹھکی پھولہِ وِنی زٕ گلاب فاروق احمد تہٕ محمد یاسین یِیلہِ فاروق احمدٕ نی واٗنس قریباً اُٹھ ؤری تہٕ محمد یاسین اوس ترین ؤری ین ہنزِ واٗنسہِ منز پکان گییہ پننہِ پننہِ وارہ پیٹھ دوشوے بارٕ نی روبَس ٹاٹھی تہٕ سپدی پننس ماٗلس تہٕ ماجہِ نش تاقیامت جُدا تہٕ اتھ موقعس پیٹھ تہِ کوٚر مےٚ تس رب الکریم سُند شکر یمی تم سوٗزی متی اُس لمہِ پتہٕ زالیہِ تقریباً پانژھ وہری آستانن دشہِ گنڈی گنڈی اکھ کوٚر یِمہِ سُند ناو نصرت عادل تہٕ ٹاٹھ نیار موکھ چھِس ''لولی'' ونان پتہٕ

کینژہ وٲری گژھتھ تہٕ عشمقام دشہِ گنڈتھ سۆزرو بن اکھ لڑکہٕ یمی سُند ناو
روف عادل چھُ تہٕ تس پتہٕ زاٮ۪ہِ بیاکھ کور یمی سُند ناو مسرت عادل چھُ۔

زِٹھ کۆر نصرت عادل اُس بی۔اے فائنل ایرس پران ییلہِ تس
۱۸ اکتوبر ۱۹۹۸ء یَس منز نکاح سپُد پنہٕ نسے گامَس منز حاجی الصمد لون
صابنس فرزند ارجمند جناب محمد یوسف لون صابَس ستی یُس محکمہ جنگلاتس
منز بحثیتِ سینیر اسٹنٹ کام کران چھُ یمن تہٕ دِتی رو بن زٕ لڑکہٕ اُکی سُند
ناو چھُ وامق یوسف تہٕ ڈیمہِ سُند ناو چھُ عارین یوسف الحمد اللہ خدا پوشنأونکھ
تہٕ تھأونکھ بہ صحت وسلامت عالمہٕ کین گلن سان۔

روف عادل چھِ از کل اعلیٰ تعلیمہِ ہندِس محکمَس منز بحثیت
کشمیری پروفیسر تہٕ ڈیوٹی چھبس گورنمنٹ ڈگری کالیج سنمبل سوناواری۔

کأنسہِ کورِ مسرت عادل ییمہِ ڈسمبر ۲۰۱۱ء منز ایم اے۔ بی ایڈ پاس
کۆر تہٕ اتھ دوران چھبس دون ؤریین ہنز ڈینٹل اسٹنٹ ٹرائنگ تہٕ مکمل
کرمژ۔ الحمد اللہ أہنز نکاح خوأنی تہٕ سپز ۱۶ اکتوبر ۲۰۱۱ء اتھوارِ دوہ
بڈگامس نذدیک نارو اچھگام گامَس منز اَکِس شریف النفس جناب
عبدالکریم ڈار صابنس فرزند ارجمند جناب ڈاکٹر منظور الحق صابَس ستی یم تہٕ
چھِ تعلیمہِ ہندِس محکمَس منز بحثیتِ لیکچرار پولٹکل سائنس۔

بہٕ کتہِ انہٕ سو زبان ییمہِ ستی بہٕ تس رب الکریم سُند شکرانہٕ اداھکہٕ

گرِتھ تیمی مے یہ شعر سومبرن پننہِ حیاتی منز ے وُچھنگ موقعہ دیت تکیاز تقریباً ڈوڈؤری برونٹھہ یعنی مئی ۲۰۱۵ء منز آو مے ہارٹ اٹیک آپریشن یُس مے دلہِ منز پہو کرُن تہٕ اتھ دوران رؤدی ساری اَنگ اَشناو تہٕ یاردوست مے شانہٕ بہ شانہٕ تیمہِ باپت ییٚ پننس تہٕ مدثر سلطان نِس عیالس علاوٕ باقٕے رشتہٕ دارن تہٕ رفیقن بیٚیہِ پننین بینین تہٕ بیمہ صابن یمن منز خاصکر حاجی ولی محمد میر گوہر پورہ، حاجی ماسٹر غلام محمد میر، بشیر احمد میر تہٕ بشیر احمد ماگرے شامل چھِ شُکر گزار چھس۔ اتھ دوران یوسہٕ تیمارداری مے محترم حاجی ولی محمد میر صابن تہٕ تہنزِ شریک حیات تہٕ پننہِ بینہِ مے کرِتمہِ باپت چھس بہٕ تہند سبٹھے شُکر گزار اللہ تعالیٰ بخشنکھ تمیک اجرِ عظیم۔ آمین۔

مے کتہِ مشہ زِ میانی رفیق تہٕ ہمدرد ایڈوکیٹ الحاج جنابِ عبدالرشید ہانجورہ صابن تہِ دیت مے اَتھ موقس پیٹھ سبٹھاہ دِلاسہٕ یمہِ ستی میون حوصلہ بڑیو بہٕ چھس تہندِ تہِ سبٹھاہ مشکوٗر۔

اَخرس پیٹھ چھس بہٕ پرن والین تہٕ بوزن والین ہندِس خدمتس منز بیٚیہِ اکہ لٹہِ عاجزی سان عرض کران کہٕ یتھ تہٕ تمن کانٹھہ جملہٕ ٹارِ کھسنہٕ تیتھ کرن تم درگذر شکریہ والسلام۔

عادل کرالہ واری

# ستی سازس چأنی شعرشٕو بان

کأشرِس ادبی توأرتخس منز چھ بڈ گأمی ضعلک تھکبُن لایق دیُت ۔ أتھی پتھرِس پیٹھ چھ مقبوٗل شاہ کرٛالہٕ وأری، شمس فقیر، صمد میر، لکشمن جو بُلبُل، عبدالاحد آزاد، غلام نبی عأرِض، محمد عبداللہ عأرِج، موتی لال ساقی ، حقأنی، دِلسوز، فارق تہٕ شاہد بڈ گأمی، ثأنی، شمشاد کرالہٕ وأری، سروٗر، ایڈوکیٹ عبدالرشید ہانجورہ، اسد اللہ اسدؔ تہٕ عبدالرحمن سکندر بیترِ شأعر و زنم لوٚبمت ۔ أزی کس موجوٗدٕ دورس تام رٕو دبڈ گأمی ضعلہٕ شأعری ہنٛدِس خزانس باگہِ بوٚرُت اِضافہٕ عطا کران تہٕ ضعلُک کرٛالہٕ وأرگام چھ امہِ لحاظٕ زیادے فخرٕ وول، تیمی کأشرِ زبأنی ہُنٛد بسیار گو تہٕ بِسیار پاسل تہٕ شاہکار مثنوی ''گُلریزٕ'' ہُنٛد ترجمہٕ کار شأعر مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرِس زنم دیُت ۔

مقبوٗل شاہ کرٛالہٕ وأرِ سُنٛد جانشین زانٛنہٕ ینہٕ وول شأعر چھ عأدِل کرٛالہٕ وأری، تیمی کأشرِ شأعری منز پٔنٛن اکھ

منفرد مقام پرٛأوِتھ پننہٕ اکھ بدٕون شأعرانہٕ شخصیت تعمیر کر۔ عادل آکرالہٕ وأری چھ مقبول شاہ کرالہٕ وأرِس نش شعوٗری طور استفادٕ کوٗرمُت۔ تِکیازِ عادِل کرالہٕ وارِنی واریاہ شعر بلکہٕ واریاہ بأتھ چھِ تم یمن منٛز مقبول شاہ کرالہٕ وارِنہٕ زبأنی تہٕ شعری اصطلاحن تہٕ استعارن ہُنٛد رنگ ٹاکارٕ چھُ۔

عأدِل کرالہٕ وأرِس اوس شُری پانہٕ پیٹھے شعرونُک شوق تہٕ شوقس ستی فنکأری ہنٛز اُتھکل تہٕ۔ اوِ کنہِ أسی مختلف ادبی محفلن تہٕ مجلِسن منٛز شأمل سپدان۔

یِم چھِ زیادٕ تر وژُن تہٕ غزل لکھان۔ تہٕ یِمہٕ صِنفہٕ ورتاونس منٛز چھُکھ پنہٕ نِمن فنکارانہٕ صلاحیژن پیٹھ اعتبار تہٕ۔ یِہنٛدی وژن چھِ سیٹھاہ خوبصوٗرت۔ یِہنٛد لُکہٕ طرز تہٕ لَے پرٕن تہٕ بوزن والین ڈٕہتھ نوان چھِ۔ عأدِل کرالہٕ وأری پرٛأو پننہِ شأعرانہٕ ہونرِ ستی عوامس منٛز زبردست مقبوٗلیت۔ یِہنٛدی کتی بأتھ سپدی سیٹھاہ مشہوٗر، یِم ریڈیو کشمیر پیٹھ کینٛژھن لافأنی آوازن منٛز گیوٚنہٕ آے۔ مےٚ چھُ یاد زِ اکہِ دوٚہہ اوس ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھ أکِس ادبی پرٛوگرامس منٛز مشہوٗر گائکہ

(Singer) محترمہ راج بیگمہِ اِنٹرویو۔ اِنٹرویُوس دوران

ییلہِ تس یہِ سوال پرِژھنہٕ آو زِ ژٕ ے کم ترٕ ے بأتھ چھی سارِوے

کھوتہٕ پسند، یم ژٕ ے گیوِیٕ متی چھی۔ در جواب یمن ترٕ بن

بأتن ہنٛز راج بیگمہِ ذِکر کرتھ، تمن منٛز اوس عادِل کرالہٕ وأری سُند

یہِ مقبوٗلِ عام بأتھ تہِ شأمل۔

مأری منٛدِ یارو مأ ے چأنی چھم تے

روٗ ے ہاوتم تے بلہٕ بیمار

سنہٕ ۲۰۰۴ ءلیس منٛز گٔر جموں کشمیر بینکن کأشرِ بن دٕہن

مقبوٗل ترٕ ین بأتن ہنٛز اکھ سی ڈی (CD) جأری، یمن منٛز

عأدل کرالہٕ وأری سُند یہِ ہردِلعزیز بأتھ تہِ شأمل اوس۔

ہَتے ویٚسی چارٕ نے لوٚگ عشقہٕ نارس

یارس ژٕ ونتے میوٗن

عادل کرالہٕ وأری ہنٛز یوٚ دوٚ ے کینٛہہ لوکچہٕ لوکچہِ کتابہٕ بازر

آمژٕ چھےٚ، مگر ازتام أسنہٕ کانٛہہ مکمل شارٕ سومبرن بازر آمژٕ۔ بٕہ چھس

پننہِ خوش قسمتی زأنتھ یہِ شعرِ سومبرن ترتیب دِوان تہٕ شاید اوسنہٕ امہِ

باپت میانہِ کھوتہٕ زیادٕ کانٛہہ مستحق وأرِث۔ مےٚ چھُ یہِ احساس زِ بٕہ

والہٕ پننس وٲلِد محترم ہٕنٛز حیاتی منٛزٕ ے پٔنن یہِ فرض نکھہٕ تہٕ ہٕتی سپدِ
یٚیمہِ شعرٕ سومرنہٕ ہٕتی کاشرس ادبس بٔڈیہ ہن ہُر برتہٕ بُرٛزر۔

اسہِ دوشوٕنی مالی پٔتھرن اوس واریاہن رفیقن ہُنٛد
اِصرار زِ یہِ شعرِ سومبرن گژھ یوٗت پلہِ تیوٗت جلد منظرِ عام
یِنہٕ۔خار، اللّٰہ تعالیٰ سُنٛد چھُ شُکر یٚیمی مےٚ یہِ شعرِ سومبرن ترتیب
دِنک توفیق دیُت۔پننس چیچہِ بابہٕ تہٕ کشیرِ ہنٛدِس نامور
براڈکاسٹر ترجمہٕ کار تہٕ ناول نگار جنابِ شمشاد کرالہٕ وٲری
صاب ہٕنٛدی موٗللی مشورٕ رودی مےٚ پرٛتھ کامہِ ہنٛدی پاٹھی یتھ
کامہِ منٛز تہٕ شاملِ حال۔

پننس شفیق ووستادِ محترم پروفیسر شادؔ رمضان صابُن حق
رُکتھ والہٕ نکھ یہُنٛد علمی بُرتہٕ دانشورانہٕ تفکّرُ مےٚ ہمیشہِ رہبری
کران روٗدتہٕ یٚیمہِ شعرِ سومرنہٕ باپت ''سوزن ڈٕہتھ نیوٗنس''
عنوانس تحت پننی تاثرات بأوِتھ ہُرأوِکھ کتابہِ ہنٛز زینتھ۔
مشہوٗر براڈکاسٹر تہٕ شاعر عبدالاحد فرہادؔ صاب رُکتھ روزِہا
کتابہِ متعلق پننی تاثرات باونس منٛز پتھ تکیاز تم چھِ عادِل کرالہٕ
وٲری ہٕنٛدی آدٕنکی یار لہٰذا چھس یہ تِہنٛدِ تہٕ شُکر گذار۔

آنجہانی موتی لال ساقؔی صأبس اوس پننہِ حیأتی دوران سخ شوق زِ عادِل کرالہٕ وأری سُند مجموعہ کلام گوٚژھ بازریُن۔ توہند شوق آواز بعمل، یِیمہِ کنٕ تہندِس روٗحس شانتی آسہِ میٚژمٕژ۔ ساقؔی صأبن یوسہٕ ''گوڈ کتھ'' تہٕ ''ندا'' بڑ وٚنہہ چھاپ سپز مژن دوٚن لوکچن کتابن باپت تحریر آسہٕ کرِمٕژ، تمہٕ تھاوِ مے تمی انملنہٕ یتھ شعرٕ سومبرنہِ منٛز تبرکن شأمل۔ ییٚہ چھس ڈاکٹر سیدِ افتخار صأبُن تہِ سبٹھاہے شُکر گُذار زِ تمو کوٚر مے کتابہٕ ہنٛز شیر پأرِ منٛز زبردست اتھ روٗٹ تہٕ ستی تھأوِکھ پننی موٗلی مشورٕ تہِ آیتِن۔ ڈاکٹر بشیر احمد غمگین، ماسٹر غلام نبی وتکل، ایوب صابرؔ، اسداللہ اسدؔ، پروفیسر عبدالحمید پائیر، پروفیسر بشیر مجروحؔ تہِ فردوس بارووی تہِ روٗدی وِزِ وِزٕ پننی موٗلی مشورٕ دِوان روزان۔ لمہِ علاوٕ روٗدی مے در دست کتاب تیار کرنس دوران قریبی دوست عنایت اللہ ڈار (صورہ) محمد اکبر (پٹن)، محمد یوسف لون، محمد منظور الحق ،ڈاکٹر شبنم رفیق، پروفیسر اشفاق منظور، سید عرفان منظوٗر (KAS)، پروفیسر اطہر ریاض، ماسٹر بشیر احمد گنائی، ماسٹر فیاض احمد رینہ، جاوید احمد رینہ، ڈاکٹر میر مُشتاق، ڈاکٹر میر جاوید، بشیر احمد میر گوھر پوری، میر ارشاد، مجاز میسر، نذیر احمد ڈار پنٛز گوم، گوہر احمد بیلو، محمد یعقوب بٹ تہٕ بشیر احمد زرارِ شریف، محمد شفیع دریگام، سید ریاض احمد شاہ

کرالہ واری، ریحانہِ اخترتہٕ مدثر سلطان ہٕندی نیک خوأہشات آیتن یمہِ باپت ئہ ژھہند سو دِلہٕ شکر گذار چھس۔ ئہ چھس ریاستکس بہلہِ پلہٕ

سیاستدان تہٕ ادبی ذوق تہٕ شوق تھاون وألس خأرخواہ جناب عبدالرحیم راتھر صابُن سیٹھاہ شکر گذار، یمو یتھ شعرِ سومبرنہِ منز شأمل اکثر کلام پۆزِتھ یہِ چھاپ کرنک بار بار تلقین کوٚر۔ سیکریٹری کلچرل اکاڈمی ڈاکٹر عزیز حاجنی، پروفیسر شفیع شوقؔ، پروفیسر رتن تلاشی تہٕ شفیق ووستاد محترم پروفیسر بشر بشیر، پروفیسر مجروحؔ رشید، ڈاکٹر آفاق عزیزؔ، پروفیسر شہاب عنایت ملک ژھہنز شریک حیات ڈاکٹر شہناز قادری، ڈاکٹر محفوظہ جان تہٕ ڈاکٹر شفقت الطاف سُند شکریہ کرُن چھ لأزمی تِکیازِ میأنس یتھ مقامس تام واتنہٕ باپت چھُ یمن سارِنے ہُند رول سیٹھاہے اہم۔ امہِ علاوٕ چھس ئہ محمد حُسین واتھورہ سُند بے حد مشکور یمی پنٕنی سأری مصروفیات تٔوک طرف ترأوِتھ یمہِ کتابہِ ہنز کمپوزِنگ مکمل کٔرتہٕ ستی چھس امے ادارُک یعنی الحُسین پرنٹرس واتھورُک مشکور یمی کتابہِ ہُند سرورق تیار کوٚر۔

مےٚ چھےٚ ووْمید زِ یہِ شعرِ سومبرن پزٕ ادبی حلقن منز سُہ مقام ژینۍ یہِ مستحق چھےٚ۔

پروفیسر رؤف عادلؔ

# مناجات بہ درگاہِ قاضی الحاجاتؑ

چھِ برتل أسی ووٚمیدوار    ژٕ بوز ولہٕ زار امشب
بلن دِل خستہٕ بیمار    بہ یک دیدار امشب
وندٔے نا سر ژٔے پادن    ژٕ تھاوتم گوش نادن
سوٚ چھم بیشک مےٚ لادن    وندٔے لوکہٕ چار امشب
چھِ أسی تشنے بے آب    گوٚمُت آرام نایاب
بہ دیدارے شرفیاب    پھولن گل زار امشب
چھِ بیشک أسی گونہگار    پشیمان خستہٕ افگار
وصالت تُہنز درکار    ژٕ لِن زنگار امشب
سبٹھاہ چھم ستھ مےٚ دردِل    ژٕ کرہم حلِ مشکل
گوٚمُت بیتاب عأدلؔ    ژٕ ہاو دیدار امشب

......☆......

# أے شاہِ من شوٗبی سلام

چھےٚ چونہِ جُری جُری ہیٚرِ بون
زُلفِ خمن شوٗبی سلام

اَز رمزٕ زخمی میٔانٕی تن
خنجر بمن شوٗبی سلام

سروے قدٔس حسنٕک جلاو
سُے بر گلالس آمہٕ تاو
شرمنٛدٕ نرگس در چمن
گُلِ یاسمن شوٗبی سلام

بادام چشمہٕ سورمہٕ فام
وۄتھ شورِ محشر خاص و عام
سوے زندگی مورِدٕ دلن
رُمن رُمن شوٗبی سلام

شہمأری یٚم زُلفِ سیاہ

گیسو آویزان صد بلاہ

چھی پیچ و خم کثیاہ کوٗنکلن

ترِ سوٗنبلن شوٗبی سلام

یم لعلِ لب مرجانِ رنگ

ڈیشِتھ گرٛھان عاشق درنٛگ

دٛند چاأنی زن لعلِ یمن

أے یارِ من شوٗبی سلام

اَمہِ چانہِ حسنٕک لولہٕ زر

عاْدلؔ چھُ للہٕ وان در جگر

شٕیچھ ہبتھ چھُ سوزان بُلبُلن

أے شاہِ من شوٗبی سلام



# انتن ژٕ سالَس سون

ہا واہ گرٕھتو مدنی لالَس
انتن ژٕ سالس سون
زُو جان وندہَس حُسن و جمالَس
انتن ژٕ سالس سون

با ادب ون تس ماہ مثالس
سُہ دکہٕ زد چھُ پریشان
یہِ چھوکہٕ لد سینہٕ اِہ بلہِ گلہِ لالَس
انتن ژٕ سالس سون

مأری مؤندسُہ اچھِ پوش ئہ جرن نالس
لولہِ منز کرہَس لولہٕ متہٕ لاے
تھلہِ تھلہِ ئہ وچھہَس تتھ خط و خالَس
انتن ژٕ سالس سون

موے تہِ بیٔیہِ مأری فتھ بہِ برس پیالَس
دامہِ دامہِ چاون یاوَن رائے
بیٔیہِ خوٗنِ جگر ژانگبن زالس
انتن ژِ سالس سون

ژھایہِ مےٚ روٗدُم ہر موکھہِ بالَس
رایہِ تہنٛدے روٗدُم خاصہِ لوکچار
یێمہِ یور نو ووٚنی دوٗر بر ئہِ ژالَس
انتن ژِ سالس سون

فنٛد فنٛدِ بنٛد ئہِ گوس منٛز زالَس
تتہِ چھُم نہٕ موکلن پائے
واتہِ نئے جل جل زیوٗ لگِم تالَس
انتن ژِ سالس سون

لچھِ ناُوِس تَس بے مثاکَس
ہنہِ ہنہِ باُوی زبس یم میٲنی حال
رحم ووٕنی کرِنا مےٚ بد حاکَس
انتن ژٕ سالس سون

وٕنی زبس عادلن سوز نَس سواکَس
رسہِ رسہِ وٕنی زبس اٲنی زبس عار
پیاران روزَس ئہ استقباکَس
انتن ژٕ سالس سون



# ہاو دیدارو چھُم ارمان

عربکہِ تہٕ عجمکہِ داوادارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان
دۄن عالمن ہُندِ ہا سردارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

بسہٕ بسہٕ چھُم گوُمت چانہِ امارو
کس ونہٕ ونس چھُم نہٕ کانٛہہ وار
ژیٚے ونے ژٕے چھُکھ میون غمخوارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

ینہٖ چانہٖ پھولنم گُل تہٖ گلزارو
دؤ دمُت باغ میؤن بیٔیہٖ سگناو
سکبہٖ سہراون ہٹدِ آبشارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

ہا ہٹہٖ تلکے موختے ہارو
گٹہٖ منٛز نؤر چون گاہ تراوان
تمہٖ نؤرٕ روشن گیہٖ کوہسارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

نازن چانین گُس خریدارو
انہٖ گُس تاب ادِ بنہٖ ابدال
اکھ ادا چون لوِ ستھ سمسارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

کن تھاو نادن ہا وفادارو
بے کسن بے بسن چھے چائنی آش
نظرے اکہِ ستی بلن بیمارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

دوہہ اکہِ صاحب لاگہِ دربارو
تختس آسکھ ژ بختاوار
سختی وزِ اسہِ ییہ زِ درکارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

رحمتس چائنس چھی وومیدوارو
اِد روزِ محشر چھُ موکلن پاے
عادلس تہِ آسہِ تتہِ سُے انتظارو
ہاو دیدارو چھُم ارمان

......☆......

# مدیٓ لالَس گُن

مدنو ژٕ کرتم بڈٕ مہربأنی
سأنٕز ىَرنٕز قدم تراو
روزبہ سوے مےٚ لادن چأنی
سأنٕز ىَرنٕز قدم تراو

شر چون جگرس چھبس للہٕ وأنی
کتھ جایہِ چھےٚ ٹھہراو
یِکھنے راوبہ خاصہٕ جوأنی
سأنٕز ىَرنٕز قدم تراو

روے ناز چون چھےٚ یہٕت زیبأنی
عالم گوٚو منور
آفتاب تی وۄچھتھ چھےٚ مند چھأنی
سأنٕز ىَرنٕز قدم تراو

عرشس پٹھ کھئستھ فرش روأنی
آیتن چانہِ باپت
زاتن گرنے پانہٕ میزبأنی
سأنی ہِنز قدم تڑاو

آش چھم واتم مکہٕ مدأنی
گاش وندہَس بہٕ پادن
گُل پھولن آلو گرشہِ آسمأنی
سأنی ہِنز قدم تڑاو

عادلؔ کرِ کیاہ چأنی نعت خوأنی
کرے تہٕ لولس کر ویوہار
بس روزِ بیٚیہِ چانہِ وتہِ وُچھأنی
سأنی ہِنز قدم تڑاو

......☆......

روضہ پاکسُ پیٹھ گریہِ زأری کران کران
۲۰ اکتوبر ۲۰۱۴ء

# دعا

با ووِمید آس روے مےٚ ہاوبہ
اَز مدینُک تاجدار صلی اللہ علیہ وسلم
یم دأدی دِلکی بُلراوبہ
اَز مدینُک تاجدار صلی اللہ علیہ وسلم
ذاتِ پاکن ناو تھوہَس
رحمتن للعالمین صلی اللہ علیہ وسلم
رحمتچ نظراہ مےٚ ترأوبہ
اَز مدینُک تاجدار صلی اللہ علیہ وسلم
روضہ پاکسُ پیٹھ ئہ آسَس
خاص الخاصسُ وُنی دوان
نارِ جہنم مشرٕ بچاوبہ
اَز مدینُک تاجدار صلی اللہ علیہ وسلم

احتراماً سر ئبہ تڑاوس
حال باوس ڈیڈِ تل
عرضین منظور تھاوہم
أز مدینگ تاجدار ﷺ

پھولنہِ بروٹھے برِ مےٚ گاٸمتی
چھِم حسین پوشے چمن
نظرِ ستی پھلراوہم
أز مدینگ تاجدار ﷺ

یُس غمو آسی کھیوٚمُت
پیوٚمُت پریشانی اندر
تس أ رِکس دِل شاد تھاوہم
أز مدینگ تاجدار ﷺ

عادلہِ بس بے کسن تے
بے بسن بے یاورن
غمزدن دِل سنبھلاوہم
أز مدینگ تاجدار ﷺ

# نۆرِ ے نۆر

با خودا چھُ مکہِ مدینہِ نۆرِ ے نۆر
نۆرِ ے نۆر نورُن النور

نازنین رویک گاہ ییلہِ پیو
سورُ ے عالم روشن گۆو
اللہ تہِ ھۆ ھۆ پڑان کوہِ طۆر
با خودا چھُ مکہِ مدینہِ نۆرِ ے نۆر

رۆحس تازگی چھے پھیران
کعبس گن ییلہِ چھِ نیران
چشمن تڑاوتھ دلس سرۆر
باخودا چھُ مکہِ مدینہِ نۆرِ ے نۆر

کعبس کُن وُچھِتھ دِل گژھان شاد
آسان یس چھے تورُک ناد
اکہِ نظرِ ستی دعا منظوٗر
باخودا چھُ مکہٕ مدینہٕ نوٗرٕ ے نوٗر

أندۍ أندۍ کعبس چھِ پھیران
ارمان دلکی چھِ نیران
شمہس گتھ کران زن پومپوٗر
با خودا مکہٕ مدینہٕ چھُ نوٗرٕ ے نوٗر

صفا تہٕ مروا سپدأوِتھ
آغس کُن نظر نمہٕ رأوِتھ
آبہِ زم زم اِدٕ چھوان بر پوٗر
با خودا چھُ مکہٕ مدینہٕ نوٗرٕ ے نوٗر

منیٰ تہٕ عرفات ییٚلہِ واتکھ
روب چھےٚ رأضی گرٛھان بے شکھ
مزدلفہ منٛز وُچھکھ لولُک ظہوٗر
با خودا چھُ مکہٕ مدینہٕ نوٗرٕ نوٗر

گُلی گُٹُ تہٕ آسمأنی جاناور
وُلسنس آٲتی عربس اندر
لچھِ نأوس ونان دِچھِ پوہپوٗر
با خودا چھُ مکہٕ مدینہٕ نوٗرٕ نوٗر

چھےٚ ونان عادلؔ ہا ازلہِ لانے
کیاہ سنا آسیا نصیب میانے
ییٚلہِ سُہ یرٕ تے تیٚلہِ چھُنہٕ دوٗر
با خوڈا مکہٕ مدینہٕ چھُ نوٗرٕ نوٗر

......☆......

# سنگر مالہٕ پھولن نا

لالہٕ تیم سالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا

دیدو وُچھنگ چھُم مےٚ ہاوس
حالِ دِل پێنوی اِدِ باوس
ئہ دوٗربر نا ژالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا

عید چھُم مےٚ یامتھ واتم سوٗی
سارۍوے تھوٚد تس مرتبہٕ چھوی
سُہ چھُم باکمالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا

سُہ یام سون گُن تژاوِ پرتو
سانہِ گرِ ڈبہِ تئلی زن کھسہِ رو
سُہ چھُم ماہ مثالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہٕ سنگر مالہٕ پھولن نا

وُچھ ذاتِ پاکن چھُس دیْتمت بجر
گھ چھِس کران شمس و قمر
کونہِ رٹن نالہِ سنگرمالہِ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہِ سنگرمالہِ پھولن نا

ژیرِ گو فجرس وق ووت یور
حضرت بلال اِدِ سارِوے ژھور
ژِ بانگ پرِ بلالہِ سنگرمالہِ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہِ سنگرمالہِ پھولن نا

گٹہِ ژٔچ تہِ گاش آو یتھ کائناتس
نوو یاوُن لوٗگ اِدِ شش جہاتس
تمہِ حُسن و جمالہِ سنگرمالہِ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہِ سنگرمالہِ پھولن نا

عادلؔ ئہِ روزس نا استقبالس
عربی شاھس تہِ مدنی لالس
تہندِ اقبالہِ سنگرمالہِ پھولن نا
یہِ دِل کرس حوالہِ سنگرمالہِ پھولن نا

# مٹہٖ چھِی ژےٓ میٔانی حال

نازنین یارٕ میٔانہٖ یِکھنا ژٕ اکہٖ لٹہٖ
مٹہٖ چھِی ژےٓ میٔانی حال
پیٔأری پیٔأری سوریوم لوکچار انہٖ گٹہٖ
مٹہٖ چھِی ژےٓ میٔانی حال

صاحبو رچھِ زبم پانے تمہٖ ژھٹہٖ
ییٚمہٖ ژھٹہٖ النے کوہ بیابان
بیٚیہٖ ییٚلہٖ عالم کربکہٖ ءستی نٹہٖ
مٹہٖ چھِی ژےٓ میٔانی حال

نۆرک گاہ ییٚلہٖ پیٚیہٖ منز انہٖ گٹہٖ
حۆرن کرِ بے حوش
طۆرس سۆر گوھِ زٕ ژٕ ءستی نٹہٖ
مٹہٖ چھِی ژےٓ میٔانی حال

دوہ اکہِ صاحب دفتر ییٚلہِ رٹہِ
اکہِ اکہِ سارنٕے لگہِ پُرسان
پرٛبتھ کاتھہ اعمال پٔتھنے اتھہٕ رٹہِ
مٹہِ چھِی ژٕٔے میٲنی حال

ژھٹہٕ ژھٹ آسن کران منٛز تاپہٕ ترٹہٕ
مےٚ ہی یِم گونہگار
تریشہِ تریشہِ کران زوٗ ما تتہِ پھٹہِ
مٹہِ چھِی ژٕٔے میٲنی حال

لتس ماہ جبیٖنس دامانہ یُس رٹہِ
نارس پھولنَس گُل تہٕ گلزار
مُشکہٕنی امبر دامانہ تہند ژھٹہِ
مٹہِ چھِی ژٕٔے میٲنی حال

تتہِ آبِ کوثر یُس چئیہِ نٹہِ
سُے آسہِ بختاوار
تس سون سردارؐ پأنس نشہِ رٹہِ
مٹہِ چھِی ژٔے میٲنی حال

یہِ عادلؔ کرالہ وأری لولہِ چانہِ سینہٕ ژٹہِ
گوش ژٕے تھاوتم بوزتم زار
زار ؤنٕی ؤنٕی عار ییِ کُنہِ لٹہِ
مٹہِ چھِی ژٔے میٲنی حال



# سالہٕ یتہٕ سون

لالہٕ یِتا سون ژٕ سالہٕ یتہٕ سون
مالہٕ کرے پوشن ژٕ سالہٕ یتہٕ سون
لالہٕ یتا سون ژٕ سالہٕ یتہٕ سون
مالہٕ کرے پوشن ژٕ سالہٕ یتہٕ سون

ژٕ یکھنا اسہِ ٹُن دِل گژھِ شاد
سبکلبن گُل پھولن گژھن آباد
قدمن ئہ وندے مالیُن کژون
لالہٕ یتا سون ژٕ سالہٕ یتہٕ سون

ژٕے میون یاوُن ژٕے جگر گوش
ژٕے میانہِ ڈلہٕ کُے چھُکھ پمپوش
عشقہٕ پیچان دپان کھونہِ للہٕ وون
لالہٕ یتا سون ژٕ سالہٕ یتہٕ سون

ژٕے چھُکھ بُلبُل ژٕے گُلستان
ژٕے چھُکھ مأری موٚند جانہٕ جانان
ژٕے ہیوٚ بێیہٕ کانٛہہ اکھ تہٕ نا میون
لالہٕ ییتا سون ژٕ سالہٕ ییتہٕ سون

چانہٕ موکھہٕ پأدٕ گو زمین آسمان
تھلہٕ تھلہٕ چھِی وُچھان کوہ بیابان
زوٗن آفتابَس تہٕ پرتو چوٗن
لالہٕ ییتا سون ژٕ سالہٕ ییتہٕ سون

چانہٕ موکھہٕ یہٕ عادلؔ چھُ انتظارس
ییتہٕ چانہٕ قرار ییہٕ بے قرارَس
یِکھنے تہٕ یاوُنس گرٕھم اون مون
لالہٕ ییتا سون ژٕ سالہٕ ییتہٕ سون

......☆......

# یارس ونتے میون

ہَتے ویٚسی چارہ نَے لوٚگ عشقۂ نارس
یارس ژٕ ونتے میون
سارہ نے تھونم کوتاہ ءٕبہ پیارس
یارس ژٕ ونتے میون

نظرے اکہِ ءتی تھِھ ئُج قرارس
حبسۂ ویسرأ ونَس نیونم حوش
خبرے پیہِ نا، لولہٕ بیمارس
یارس ژٕ ونتے میون

زُلف یلہٕ ترأوِتھ چھم مدنوارس
دند چھِس موختہٕ زن وُٹھ تابان
مس کھاسی چشمہٕ کیاہ چھِ جادو گارس
یارس ژٕ ونتے میون

ڈوکہ سور کوٚرنم یَتھ لوکہ چارس
سوکھ موکھ کوٚرنم مندنین شام
شاہ پر مےٚ لوٚسم زوراوارس
یارس ژٕ ونتے میون

وتہٕ چھَم نہٕ مولوٚم پتہٕ بو لارس
نتہٕ ما بٕ گژھ، یاوُن میون
کرہ کیاہ ازلے پوہ گوم ہارس
یارس ژٕ ونتے میون

پشہ نٲونس ئہ منٛز سمسارس
لشہِ نارٕ ہتی زأجنم تن
کشہِ تیر لأینم مےٚ جانا وارس
یارس ژٕ ونتے میون

ہر ڈُک رنگ زن گوم گلزارس
پرڈِ ژٹہٖ نیرہ ئہ بے وایہٖ پأٹھو
تھہ پان لایس مٔژ بازارس
یارس ژٔ ونتے میون

یٔژ کال ووُتُم مےٚ انتظارس
زانہٖ ہے پان میون کیاہ گُدریوم
ییہٖ کرٕ سون گُن گُل پھولن نارس
یارس ژٔ ونتے میون

حضرت بل یِکس بونہٖ شہجارس
یارس ئہ کرہا لولہٖ متہٖ لائے
ییہٖ عادِل پراران چھُم دیدارس
یارس ژٔ ونتے میون

# یتۃِ سونُے دلبرو

آم جگرَس لول چونُے یتۃِ سونُے دلبرو
کھونہِ للہِ وَتھ نُندِ بونُے یتۃِ سونُے دلبرو

ہتۃِ اکے دِتۃِ درشُن آرہ کُو چھس آرِ وَل
کاڑِ زوُنَے ژلہِ مےٚ گرونُے یتۃِ سونُے دلبرو

لولہِ چانے کامہِ دیوو نامہِ سوٗزی مَے کِتیاہ
زانُہہ تتہِ پرواہ گوئے نا میونُے یتۃِ سونُے دلبرو

ؤدی ؤدی گوم سوٗر پانُس لوٗکہِ پاموگاٗجھس
ووٗنی ژِ دِکھنا درشُونوی یتۃِ سونُے دلبرو

مایہِ چانے ؤنی مےٚ دِتۍ مَے جایہِ جایے ہانژھ لو
آیتن چھے زُو ژٕےٚ میونُے یتۃِ سونُے دلبرو

وارِ وارے پارِ کوٗرتھَم خارِ کیاہ چھے وَنتمو
نارِ ووٗنی دوٗد سینہِ میونُے یتۃِ سونُے دلبرو

عادِلَس اُمی دوربرن چاٗنی سوٗر کوٗرمُت چھُم وللہ
حورِ زن نار للہِ ووٗنُے یتۃِ سونُے دلبرو

# مدنوارٕ ونے کیٛاہ

زولتھ مےٚ بدن نارٕ مدنوارٕ ونے کیٛاہ
بے دردٕ ہا بے عارٕ مدنوارٕ ونے کیٛاہ

یامت ژٕنے ترأوتھ سورمہٕ چشمو پورٕ نظر مےٚ
کوٗرتھس ءٕہ گرفتارٕ مدنوارٕ ونے کیٛاہ

سنمبُل ژٕ تھاوان سازگری گری لوٗٹہ نِوان دِل
چھِ کارِہ پٲتی شہمارٕ مدنوارٕ ونے کیٛاہ

روے چون شوٗبان زوٗنہٕ ہِندی پأٹھی بُمہٕ چھے خمدار
دَند چأنی موختے ہارٕ مدنوارٕ ونے کیٛاہ

یِم تیر مِژ گان یام لٲیتھ سینہٕ ژوٗٹتھ مےٚ
بنگالی جادو گارٕ مدنوارٕ ونے کیٛاہ

امہِ چانہِ حسنگ شور کوُتاہ وُچھ مےٌ ژووایاُری
پےَ چون بوزُم ژارِ مدنوارِ ونے کثیاہ

رژِھ فلی یم وُٹھ چاُنی شوُبان میٹھی چھی الفاظ
گُری تو ووِنی کتھِ تارہ مدنوارِ ونے کثیاہ

ہا پوشہِ نوُلو بولبوشن چاُنی نیوُنم دِل
لاگے ئہ خریدار مدنوارِ ونے کثیاہ

عادل ونان چھے لولہِ ژوُرو ونتہِ کتہِ بیوُٹھکھ
دوُربہ ئہ نو سنداره مدنوارِ ونے کثیاہ



# باٗلہِ یاداز پاوٕتَس

چھم مُبارک بالہٕ یارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس
کاٗلہِ ییہٕ نا یتھ شہارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس

نامہٕ لیٚکھی لیٚکھی کامہٕ دیوٚس عارمیون نۓ آوتس
کیاہ ہٕرر چھم زارہ پارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس

مایہِ تُمی سٕنزٕ وُٚنۍ مےٚ دِتمے جایہِ جایے بازرن
شیٚخ صاٗبن تہٕ خانیارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس

گوٚھتہٕ ہے وٚیسی ونتہٕ یارس حال میون آہستہٕ ژٕ ے
گُل پھولن ییٚنہٕ تہنٛدِ نارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس

وارٕ وُٚنۍ زبس عارنے اوے توتہٕ چاٗنۍ آش چھم
داٗدی لدٕ ہے بیمارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس

بیٚیہٕ ژٕ وُٚنۍ زبس لالہٕ روٚیس میلنہٕ باغٕ گُل تہٕ ژٕ ے
بُلبُل تہٕ ژٕ ے چھکھ منز بہارس باٗلہِ یاداز پاوٕتَس

گوٚھ ژٕ وُٚنۍ زبس بعداز سلام توتہٕ عادِل آچھے غلام
پٔرۍ زِ فاتحہ گونہگارس باٗلہِ یاد از پاوٕتَس

# بَخ گرٛھم بیدار

اکہِ نظرِ چانے بَخ گرٛھم بیدار ونے کیٛاہ
نارس مےٚ پھولنم گُل بٔیہِ گُلزار ونے کیٛاہ

امہِ چانہِ حسنٕک جلوٕ ڈیشتھ چھُس گوٚمُت بیتاب
لوہِ چانہِ لوٕلچ گرٛائے اکھ سمسار ونے کیٛاہ

یَم مارٕ پیچان شوٗبہٕ وُنہِ بُمہٕ چانہِ کیٛاہ خمدار
ترٛاوِتھ آویزان چھُکھ ژٕ زٕ شہمار ونے کیٛاہ

ہالولہٕ ژٔوروچاٗنی دوربرن مےٚ ہاکوٚرٹوکہٕ سور
بیتاب چھُس بہٕ چھُکھ رٕٹِتھ خمار ونے کیٛاہ

چھے ہرنہٕ چشمن شوٗبہٕ وٕنی ژٕے سروِقدٕچ گرائے
کتھٕ چانہِ شیرین دٔند موختے ہار ونے کیٛاہ

موکھٕ نومےٚ ہیٚو کمے زانٛہہ وٕنتھ یوٗ تام چھٕنِتھ پیوس
پیاران سور یوم چانہِ موکھٕ لوکچار ونے کیٛاہ

موتیرِ مژگان لائے، ہنا کرتہٕ ووٕنی انصاف
وٕنتم چھُ عادلؔ کوٕت گونہگار ونے کیٛاہ

# بیوُٹھم کتہِ لولو

مارِ گرتھس ہا مارِ متہِ لولو
خارِ تھوتھم ژِ بیوُٹھم کتہِ لولو

کیازِ گوہم وو پرن مژ ترأوِتھ
گس سوزن سہ اَنی منہِ نأوِتھ
جان وندہا چانے وتہِ لولو
خارِ تھوتھم ژِ بیوُٹھم کتہِ لولو

چشمہِ لوسم مے پیأری پیأری ژے وُچھانے
گنہِ یکھنا ژِ مأری منڈِ جانانے
لولہِ للہِ وَتھ تہِ رٹتھ نالہِ متہِ لولو
خارِ تھوتھم ژِ بیوُٹھم کتہِ لولو

عشقہٕ ژورو ساتھاہ ژٕ یتہٕ سونٔے
دِتہٕ درشُن ادہٕ زوٗنہِ ژلیم گرونٔے
نتہٕ لوسیم دوہہ مےٚ اڈٕ وتہِ لوو
خارٕ تھوتھَم ژٕ بیوٗڑھم کتہِ لولو

عارٕ گوٚچھس بہٕ پیاران لالہٕ زارس
مارٕ گرنَس ئہٕ دوربر کیٛاہ سندارس
اَانی لیوٚکھمُت کیٛاہ مےٚ چھُم پتہٕ لولو
خارٕ تھوتھَم ژٕ بیوٗڑھم کتہِ لولو

ونتہٕ عادلؔ ئہٕ ووٗنی پیارٕ کوٗتاہ
لولہٕ چشمو یہٕ خونِ دِل ہارٕ کوٗتاہ
دادِ چانے پھیرس وتہِ لولو
خارٕ تھوتھَم ژٕ بیوٗڑھم کتہِ لولو

……☆……

# پھولن گلزار ہا عشقو

تیَیم ییٚلہِ یار دِیَم دیدار
پھولن گُلزار ہا عشقو
اما قسمت گوٚھیا بیدار
پھولن گُلزار ہا عشقو

تتنے گوم لولہِ بدنس سوٚر
ینے ہیوٚتنم مےٚ روزن دوٚر
تھاوبم آلو اگر منظور
پھولن گُلزار ہا عشقو

وُچھِتھ دوٚرے بیٚہان روپوش
تمِس کوٚتاہ چھُ حسنٕک بوش
تھاوبم یوٚد دون کھتن سُے گوش
پھولن گُلزار ہا عشقو

بینے روشتھ ژؤلم دلدار
اوشس میائنس تنے ئج دار
اگر وونی مے دیم دیدار
پھولن گلزار ہا عشقو

مے گنڈیڑ لولہ نارن ریہہ
نہ ٹوٹھیوم دے نہ بدلیوم کیشہہ
کربم یوّد اکھ نظر سیوّد مے
پھولن گلزار ہا عشقو

گوّمت میوّنے یہ دِل برباد
وُچھ اگر سیوّد ئہ گژھ آباد
توَے دوہہ رات کران فریاد
پھولن گلزار ہا عشقو

ژؤلم ترأوتھ سُہ بے حوشس
سُہ زَن روشم ئہ کتھ روشس
ونان عادِل جگر گوشس
پھولن گلزار ہا عشقو

# دِل گوم وُبائلی یے لو

ساتھاہ ژِ یکھنا سائلی یے لو
چانہِ موکھِ دِل گوم وُبائلی یے لو
چائنی دۏری رن عاشق زائلی یے لو
چانہِ موکھِ دِل گوم وُبائلی یے لو
ودِنا بدَنس کوٚرتھَم سۏر
وَن کیازِ نکھِ یتھ ہیوٚتھَم دۏر
جگرَس مےٚ گیہِ پرِ کائلی یے لو
چانہِ موکھِ دِل گوم وُبائلی یے لو
ہرنہِ چشمو یام نظراہ ترآوِتھ
ننہِ وانہِ وأنج مےٚ کترآوِتھ
یِم زلف گُمی سمبھائلی یے لو
چانہِ موکھِ دِل گوم وُبائلی یے لو

یَم تیرِ مژ گان کِتیاہ ژٔے لأیِتھ
ژلہٕ وِنی جانور وہہ کھیاونأوِتھ

اِدِ ما پھیری ئیٔو کأٹی یے لو
چانہِ موکھہٕ دِل گوم وُبأٹی یے لو

فٔریاد بوزتَم ژٕ گونہگارس
کرالہٕ وأرِی عادِآل چھے انتظارس

گوش تھاو بوز میٔانی قوأٹی یے لو
چانہِ موکھہٕ دِل گوم وُبأٹی یے لو



بطرزِ : پھولہم ژٕ پٔتۍ مہٕ پیارٕ کتھ رنگہٕ وارِ گلابو

(مجبور)

# تظمین وارِ گولابو

یِٚژٕ کٲلۍ پھولہم لولہٕ سان یتھ وارِ گولابو
وونی شیرٕ لاگتھو کِنہٕ یٔہ لاگتھ کارِہ گولابو
امہٕ چانہٕ حسنک جلوٕ ڈیشتھ بلبلن ڈول ہوش
ینہٕ شولہٕ ماران آکھ پٔتۍ مٮ۪یے پیارِ گولابو
دِل میون بڑمان اوس کوتاہ چانہٕ حُبابے
سگہٕ کنہٕ ژٕے دیتمے خون نٹہٕ تے نارِ گولابو
مستانہ پٲٹھن دشہٕ گنڈۍ گنڈۍ آکھ یِٚژٕ کٲلۍ
تھٔو کٲر پتھر تیٖ وٕچھتھ ون ہارِ گولابو
ہی تھر کنس تل اُس ونان عشقہٕ پیچانس
شرمندٕ گاہٕژ کر سوتیٖ سندارِ گولابو
وُچھ عادلس ارمان کتیاہ چانۍ دِلس منز
وونی روز دماہ پان نتہٕ سُہ مارِ گولابو

# مآری منڈِ یارو

مآری منڈِ یارو مائے چاؤنی چھم تے
روئے ہاوتم تَے بلۂ بیمار
پیاران لوسم چشمۂ بادم تَے
روئے ہاوتم تَے بلۂ بیمار

کمہِ تام سونہِ میٖانہِ دیٖتنے بژم تَے
تپۂ تاوِ وأجتھس بے عارو
ضایہِ گیٖم مایہِ چانہِ زُلفِ خم تے
روئے ہاوتم تَے بلۂ بیمار

وُچھان وتنۂ کارِ ژام خم تے
پیاران روٗوم خاصہِ لوکچار
آرِ گو گرتھس یارِ برہم تے
روئے ہاوتم تَے بلۂ بیمار

بِسہِ نار تھوتھَم وسہِ دَم بدم تے
لسہِ کتہِ لارِگتھ چھم اغیار
حول گوم وانجہِ بریانہِ چھُم تے
روئے ہاوتم تَے بلہِ بیمار

ویرِ چانہِ پرِتھ سازو سرہم تے
پرِدِ ژٹہِ نیرے سر بازار
کھوژ کتھ وبسہِ یوٗد پامہِ لائنَم تے
روئے ہاوتم تَے بلہِ بیمار

لولہِ کنِن چھوکہنے گرو مرہم تے
قولہِ سارِ ساتھا کرو ملہٰار
آیتن تھأے مَے یم مأنزِ ے نم تے
روئے ہاوتم تَے بلہِ بیمار

یم تیر مژگان ینہِ لاتھم تے
تنہِ پیوم للہِ ژُن دوربرُک نار
بے تاب عادلس لادن سو چھم تے
روئے ہاوتم تَے بلہِ بیمار

# وولوڈُبارے ہامدنو

کان آم واُنجہِ گوم پاڑ پارے
وولو ڈُبارے ہا مدنو
وَسہِ چھُم للہٖ وُن چون امارے
ولُو ڈُبارے ہا مدنو
گِل زالہٖ اُاجتھس گُل انارَے
بُلبل پریشان کوٗرتھس بو
ہرڈنہِ واوے گوم پُژ پارے
وولُو ڈُبارے ہا مدنو
تیر مےٚ اُاییتھَم میرہ شکارے
سینہٖ مےٚ ژوٗٹتھَم بے عارو
دگ چھسم للہٖ ونی ہا دغدارے
وولُو ڈُبارے ہا مدنو
کتھ جایہِ لوگتھَم سودا گارے
سودا مولوان لوسُم دوہہ

سُنٔ یأسی لاگے تمہِ بازارے
وولو دُبارے ہا مدنو
ژؤرِ کوو ژؤلہم زوراوارے
لوٗلن مےٚ جگرس ہول کوٚرنَم
درشنہِ چانے بلہٕ بیمارے
وولو دُبارے ہا مدنو
پچھِ وارِ ژھورمکھ منز اچھِ تارے
گاہ چون جأری اوس ہر سو
بوزُم مےٚ دلبر چھُم خانیارے
وولو دُبارے ہا مدنو
ہأرونہٕ ژھارتھو کنہِ بٹہٕ یارے
کتہِ کتہِ پأغام ئہ ہیٚمیو
بے بَس عادلؔ ووٚنی کوٚتو لارے
وولو دُبارے ہا مدنو

......☆......

# نورِ مشائلی یے لو

لولہِ نارن عاشق زائلی یے لو
ہاو دیدار نورِ مشائلی یے لو
تڑاو کینہِ میون کوٗرتھس ڈُبائلی یے لو
ہاو دیدار نورِ مشائلی یے لو

سورمہِ چشمن چانِہن ہُنڈ أچھر وال
اکہِ نظرے عاشق کران پرکال
زال عشقُن چھِ تراوان نائلی یے لو
ہاو دیدار نورِ مشائلی یے لو

بُمہِ خمدار شوبان تیرِ مژگان
غمزِ گرِی گرِی رمزہ تیر چھکھ ژِ لایان
گُنہِ شۓ نۓ تراوان چھِ خائلی یے لو
ہاو دیدار نورِ مشائلی یے لو

کارہ پٲتۍ چھی ترأوِمتۍ کالہٕ شہمار
وارہ وُچھتھے مارنم تہٕ ما چھُم وار
رُم زأوِل تہٕ وِٹھ ووزألی یے لو
ہاو دیدار نورٕ مشاعلی یے لو

یم نوزُک دٔند چأنۍ گاہ تراوان
دۆرِ وُچھتھے عاشقن چھہِ مٕشراوان
جامہٕ لأ ِگتھ چھی موألی یے لو
ہاو دیدار نورٕ مشاعلی یے لو

چأنۍ لولن گٲری ءکتۍ دیوانے
دشہِ گٔنڈی گٔنڈی تِم بنے مستانے
یاد عادِلَسؔ پیوٚمَے یژ کألی یے لو
ہاو دیدار نورٕ مشاعلی یے لو

......☆......

# گرپسی کوُر

سُلہِ وُٹھی تھے گُلزار پھُلویے لو
گرپسی کوُری ہا یمبرزُلی یے لو
چانہِ درشنہِ عاشق ئلی یے لو
گرپسی کوُری ہا یمبر زُلی یے لو

ویرِ چانے روُوم راتھ تے دوہہ
ہاو دیدار ئہ کرے ہو تے ہو
روے ہاو تے پرقہِ تُلی یے لو
گرپسی کوُری ہا یمبرزُلی یے لو

لولہِ چانے جگرس ہول ہے گوم
چون دوُربر شورس نار زَن پیوم
بولہِ چانے طوطہِ گری گُلی یے لو
گرپسی کوُری ہا یمبرزُلی یے لو

روپہ تنہ ہے سیماب ملہِ ناوے
اچھ وَل ہے دوٗتی چائی چھلہِ ناوے
ناٗلی تراوے جامہِ تحملوِیے لو
گرِیسی کوٗری ہا یمبرزٗلیِیے لو

روے چونُے زوٗن زَن گاہ تراوان
دوٗرِ روٗزی تھے عاشقن تمبہِ لاوان
وِٹھ چائی زِ رژھِ فلو یے لو
گرِیسی کوٗری ہا یمبرزٗلیِیے لو

دجہِ ڈوٗرِس پٹھ ییلہِ نیران چھبھ
پوشہِ اتھوِے کمہِ آیہِ شہران چھبھ
تاپہ کرالیہِ منز نارہ وُزملی یے لو
گرِیسی کوٗری ہا یمبر زٗلیِیے لو

سورمہِ چشمن چانٹن وِچھتھے زن
حوش چھی ڈلان آسمانٔز جانہِ وارن
گوش تھاوتے پوشہِ نازٕلی یے لو
گرٕیسی کوٗری ہا یِمبرزٕلی یے لو

چانٔز تعریف کِتیاہ کرِ عادِلؔ
کانٛہہ کٲماہ باسان چھےٚ نہِ مشکل
اسہِ وِنٛی چھکھ دوہے مسوٕلی یے لو
گرٕیسی کوٗری ہا یِمبرزٕلی یے لو



# مہ سا ہسم دؤر وولو مدنو

ژِ چھکھ میانین اُچھن ہنُدنؤر    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
ئہ کرہے مشز لولے گؤرِ گؤر    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
کوّتو گوکھ بالہِ ترأوِتھ مےٚ    ضرب للہِ وِنی ہاتھأوِتھ مےٚ
ئہ پیاران خاصہِ سورِ چ حؤر    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
پھٔلِتھ باغس اندر مسوَل    مےٚ دوہہ تے راتھ چأنی کل
ئہ یمبرزل ژِ چھکھ بمبور    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
مےٚ باغس گُل ژےٚ چھٔنزأوِتھ    پتھر پأوِتھ تہٕ لرِ سأوِتھ
توے گوم بالہِ پانَس سؤر    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
تھوٚوے مےٚ پیشکش زوجان    کسوٕ ستی چھکھ ژِ ژھو ماران
غمو کوّرمُت مےٚ چھم ٹوکہِ سؤر    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
کرانِ ہو بال أءسس سٔز    نشاط کنِن پوشہِ چمنن مٔز
کنِن گیم ضایہِ یم کنہٕ دؤر    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو
ینے یارو ژےٚ ہیوٚتھم دؤر    تتنے گوم لولہِ بدنَس سؤر
چھُ عادلؔ ووٚنی گوٚمُت مجبور    مسہ ہسم دؤر وولو مدنو

# دیدار ہاوُم دلبرو

ہتہٕ گُنہٕ یتہٕ سون اکھ شبا
دیدار ہاوُم دِلبرو
گوٚمُت ہٕ چھس یٔژھ در بلا
دیدار ہاوُم دِلبرو
وَنتم اللہ کیٛاہ چھُم قصوٗر
یتہٕ دوٗر ہیوٚتھم گومیٚہ سوٗر
تتہٕ چھس کران افسوس وآہ
دیدار ہاوُم دِلبرو
یتہٕ لالہٕ سوئے سالہٕ ووٚنی
یَتھ لاوِ وٲنجِہ ژٕلہِ مےٚ کروٚنی
ژٕلیم مےٚ غم از یک نگاہ
دیدار ہاوُم دِلبرو
کرتم اللہ مےٚ اکھ نظر
گوٚمُت مےٚ چھُم زیرو زبر

خطا مےٚ کیٛاہ چھُم گوس تباہ
دیدار ہاوُم دِلبرو

ییتہٕ سون باوے حال زار
گوٚمُت ئہ چھس کوٚت بیقرار
پیاران ئہ چھس در راہِ راہ
دیدار ہاوُم دِلبرو

پے چون بوزُم شالمأر
پیاران ئہ اوُسس کرالہٕ وأر
چھُکھ عادِلَس دادبن دوا
دیدار ہاوُم دِلبرو



# مُشر اُوِتھ

مُشر اُوِتھ ژوٗلے یار وێسی یے
للہٖ ناوٗن چھُم سُے نار وێسی یے

گرٛاپہٖ ماران ییٚلہٖ ژٕمی نێنم ڈال
مایہٖ ژٕمی سِنزٕ نالِی گوم عشقُن زال
سوٗر سپدُم مے یکبار وێسی یے
للہٖ ناوٗن چھُم سُے نار وێسی یے

وند ژٕمی سٕندی تارکھ زَن چھِ شوبان
ژٕمی کُلِ شین حبس تے حوش ڈالان
ہٕٹہٕ لاگتھ چھُ موختے ہار وێسی یے
للہٖ ناوٗن چھُم سُے نار وێسی یے

لولہٖ تمی ئشدِ ئہ پیاران روز و شب
بالہِ گوُمت مے اَندری چھم حولہٖ تب
ضایہِ کوُرنم مے آیہِ لوکچار ویٚسی یے
للہٖ ناوُن چھم سُے نار ویٚسی یے

شرٖ گائجنَس تہٖ لوٗٹھ گوم آرامَس
یار ژھارنَے شہرَس کنہٖ گامَس
زار وٗنی تس نے عار ویٚسی یے
للہٖ ناوُن چھم سُے نار ویٚسی یے

گوم ئیٗھ کال تہٕندِس انتظارس
پے بوزِ نا گُنہِ تس بالہٖ یارس
دِیہِ درشُن تہٖ بلہٖ بیمار ویٚسی یے
للہٖ ناوُن چھم سُے نار ویٚسی یے

گوم نیرتھ پھیرتھ کونَے آم
تہٕندی دوُربرن کوُرنَم مندنٕن شام
تنہٖ عادلَس چھم نے قرار ویٚسی یے
للہٖ ناوُن چھم سُے نار ویٚسی یے

# بوزنُنڈِ بانے

شر ژلہِ مےٌ جگرس امہِ پنہِ چانے
بوز نُنڈِ بانے میأنی وِلہِ زار
ٹھُہراو کر دماہ اَز گرِ سانے
بوز نُنڈِ بانے میأنی وِلہِ زار
کُس تازہ یاوُن گوم آنہِ مانے
دلبرِ میأنو چانہِ باپَت
یس نہِ کیشہہ گُدریوٗ سہٕ رِکھو زانے
بوز نُنڈِ بانے میأنی وِلہِ زار
لولہِ تب ہا مےٌ چھُم ہاطبیبہِ میأنے
ونہِ کس بو ووٗنی کیاہ چھُ میون حال
بیمار بلہِ ئہٕ دیدارِ چانے
بوز نُنڈِ بانے میأنی وِلہِ زار
دورِ چھُک ژٕ شوبان دُردانہِ میأنے
دوٗرن کیاہ چھُک گژایہِ ماران

حوڑ چھے منڈ چھان نورانہِ چانے
بوز تُنڈ بانے میأنی وِلہِ زار
آدن رووُم امارِ چانے
پادن چانمن وڈ زو جان
لادن سوے چھم ازلے لانے
بوز تُنڈ بانے میأنی وِلہِ زار
نجدِ وَن کھوٗتکھو مجنونہِ میانے
نامہِ توٗری سوز ہے ما چھُم وار
چاکھ گیم جگرس لأل مبر جانے
بوز تُنڈ بانے میأنی وِلہِ زار
ساتھاہ اَژتو آنگن سانے
ہا واللہ عادلس سُے ارمان
دوٗر مو ھمم ژِ متہِ گوسانے
بوز تُنڈ بانے میأنی وِلہِ زار



# بے عار مدنو

یۆت لوگتھ کیاز بے عار مدنو
للہٖ وُن مےٚ زلہٖ وُن سہ نار مدنو
دۆرِ بیوٹھم تتہٖ گوم پارٕ پار مدنو
للہٖ وُن مےٚ زلہٖ وُن سہ نار مدنو
ویرِ چانے دژایس ئبہ یمبرزل
شب و روز ہو بمبورو مےٚ چانٔی کل
دۆر مو ہسم مٹہٖ چھے مار مدنو
للہٖ وُن مےٚ زلہٖ وُن سہ نار مدنو
لولہٖ چانے دژایس بال کژانے
قولہٖ ساریو یہٖ دود کیٛاہ غاٚر زانے
چون دۆربر پیوم دشوار مدنو
للہٖ وُن مےٚ زلہٖ وُن سہ نار مدنو
چشمہٖ لوسم مےٚ وُچھان گنہٖ یکھنا
بالہٖ یارو بالہٖ درشن ژٕ دکھنا

اڈ پھولنم گل تہٕ گلزار مدنو
للہٕ وُن مےٚ زلہٕ وُن سُہ نار مدنو

مایہٕ چانے دشہٕ گنجہٕ مےٚ آستانن
جانہٕ جانو چھُکھ کمن پرستانن
لولہٕ چانے وأژس ئہ ژار مدنو
للہٕ وُن مےٚ زلہٕ وُن سُہ نار مدنو

کر مےٚ بلنم جگرس داغ چأنی
ہاو دیدار کر سوے مہربأنی
لاگ عادلسؔ وونی وفادار مدنو
للہٕ وُن مےٚ زلہٕ وُن سُہ نار مدنو



# سانہِ روزکھنا

روزکھنا سانہِ اَز وَلو کل چاٸنی مو گے مدنو
روزکھنا سانہِ اَز وَلو جل جل دتہٕ دیدار کنہِ ہتہٕ
پتھ ثےٓ توے دزالیس یمبرزل ستھ چاٸنی اٰسم مےٓ مبروٓ بوٓ
روزکھنا سانہِ اَز وَلو مسول گیس بہٕ برٕ چانہِ شرٕ
منظور تہٕ تھو میاٸنی آلو دوٗر تھم ہیوٓ نتے وڈ کیاہ کمی
روزکھنا سانہِ اَز وَلو تل بونین درگاہ بہٕ پیارے
گوم کوٓت رامے یاون سہٕ منڈِ ماری یاد پیوم ووٗنی لوٕکچار گوم ضایہِ
روزکھنا سانہِ اَز وَلو ہانکل جاٗدی گیم آدی آدی
آکاش چھکھ لاگتھ یارو پڑاگاش ووترٕ نوٗرن صبحکی
روزکھنا سانہِ اَز وَلو زٕھل چھےٓپ ہرٕ بانہِ گند چھےٓتھ سوٗ
کراو قوسمن عادلس چھم سوے تزاو نظراہ چشمو ہرنہِ اَز
روزکھنا سانہِ اَز وَلو مل ہم ژلہِ آینس دلِ

......☆......

# یاوَن رائے

یاؤن مے گوُمت ضایئے
نُنڈ بانہِ یاون رایئے
لو گتُھَم بے پروایئے
نُنڈ بانہِ یاون رایئے

مے لالو وُنی دِتی بائلنے
کوہن تہِ سنگر مائلنے
ہر وزِ چائنی خیائلنے
اُ جنس تنڈرنہِ تاوے

ینہِ مے دِل تمبلووتھَم
پتہِ کونا روئے زاتھہ ہووتھَم
اخلاص اِدِ مُشروتھَم
وتم ئُمی سِنُزِ دائے

ئیٔ کال ووتُم مےٗ پیاران
تیرن چھس سیٖنہٕ داران
لولہٕ چانہٕ اوٗش چھس ہاران
واٗژس پرٕ تھ کُنہٕ شایے

شژاون شین زَن گاٗجتھَس
یارو ئہ مدے واٗجتھَس
پدماٗنی پامن لاٗجتھَس
پترٕن منز بے وایۓ

عادلؔ ئہ سوزے سواٗلی
کری زہم نہٕ آلو خاٗلی
موٗللی جامہٕ چھِی ناٗلی
تارکن منز تھدِ پایۓ

......☆......

# تاردیہٖ ہاٹزنئے

یارٖ بلہٖ تار دی ہاٹزنئے
تار مختہٖ ہار نِ ہاٹزنئے

نشاط باغَس لوّگمُت مالٕہٖ ہے
کِتیاہ عاشق دزٕاءِمتی سالہٖ ہے
بوزُم ہَے مےٚ تی ہاٹزٕنے
یارٖ بلہٖ تار دی ہاٹزنئے

شالمأر گوھوے تازہ سبزارس
سونہٖ لانکہِ سمکھُن چھم بالیارس
بیٚیہٖ گپکار یی ہاٹزٕنے
یارٖ بلہٖ تار دیہٖ ہاٹزٕنے

آیہِ آیہِ ہَم تہِ کھور چھکھے وایائنی
بے وایہِ کشہِ تیر زن لایائنی
یم ئمی سہرِ چھِ ہاٹزِ نے
یارِ بلہِ تار دی ہاٹزِ نے

از لولہِ چشمو نظراہ تژاو تے
درِ دوہہ لوٗ گمُت چھُم مُشراوتے
عادلن سادگی ہاٹزِ نے
یارِ بلہِ تار دِی ہاٹزِ نے



# سوگے مہربانی

اگر جلو ہاوکھ سو گیہ مہربانی
یہ دِل سثبلاوکھ سو گیہ مہربانی

ژے پتھ دژاس کژانے تجم ءکش خاٗری
چھِ نوزُک تنہ پٹھ تنثگل وُنہ مے لاٗری
تمے بُلراوکھ سو گیہ مہربانی
یہ دِل سثبلاوکھ سو گیہ مہربانی

ژے ہیوٗ کاثہہ حسینا، ژے ہیوٗ نازنینا
چُھ ما کانٔسہ بدُنیا ژے ہیوٗ ماہ جبینا
خطا مُثراوکھ سو گیہ مہربانی
یہ دِل سثبلاوکھ سو گیہ مہربانی

وندے دون پادن پٹن زُوتہِ جان ژیٔنے
کرَکھ اکھ نظر سیوٚد بنگھ میہمان میٚنے
ژِ لول بأگراوکھ سو گیہِ مہربأنی
یہِ دِل ستٔبلاوکھ سو گیہِ مہربأنی

مےٚ دیٚتھے وۄن وأنسہِ وادن ژوپأری
لوٚگُس واوِ گلِنہِ گٔرِم دم شُمأری
ہنا یاد پاوَکھ سو گیہِ مہربأنی
یہِ دِل ستٔبلاوکھ سو گیہِ مہربأنی

یہِ عأدِل چھ آمُت چأنِس برس تل
عرض بوز لِلّٰہ دِلس کاستم مل
منظور ہے تھاوکھ سو گیہِ مہربأنی
یہِ دِل ستٔبلاوکھ سو گیہِ مہربأنی



# گامَن بیوٗڈھُکھ مےٗ

دادِ چانہِ یارو ئہ لُجس پامن
ژِ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ

کتھِ کتھ گیہِ خاص و عامن
ژِ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ

زُلف یلہِ ترأوِتھ بردوش تھأوِتھ
الفہِ قد چوٗن شوبان
پأری پأری لگیو چشمہِ بادامن
ژِ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ

روئے چون مأری موٗند کیاہ شوبأنی
زوٗن تے آفتاب چھے مندچھان
چونہِ چھے زیبان مخمٔلی جامن
ژِ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ

دوٗربرِ چانے یتھ لولہِ باغَس

ہنہٕ ہنہٕ مےٗ زژُر ژام
پنہٕ چانہٕ ڈدیٗ ہتس بیٗیہٕ نیرٕ بامن
ژٕ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ
دوٗرٕ یا نزدیک یوٗد ژٕ آسھم
توتہٕ چھمبم مےٗ دلَس سَتھ
تس کیاہ غم یُس رٹہٕ چون دامن
ژٕ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ
لولن چاٗنی سارٕ ما تھونَم
پیارَے تہٕ پیارٕ کوٗتاہ کال
برٕ بگہٕ آیَس نیرٕ سرٕ شامن
ژٕ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ
عادلؔ ؤٕنی دوان چھس لولہٕ وتہٕ نے
کتھنے مےٗ تھاٗوزہم نہٕ جائے
مےٗ سینہٕ دوُرم دوہے لگہٕ پامن
ژٕ کمَن گامن بیوٗڈھُکھ مےٗ

# طرحی شعر

۶ جولائی ۲۰۰۱ءکس روزانہٕ اخبار سرینگر ٹائمزس منز اوس یہِ شیٚچھ دنہٕ آمژ زِ مہجور فاونڈیشنن چھُ اکھ طرحی مشاعرُک سنز کوٚر رمُت تہٕ کانٛہہ تہِ شاعر ہیکہِ پنُن غزل سوزِتھ اتھ طرحی مشاعرس منز شرکت کرِتھ۔ کلام اوس جناب مہجور صابُن تہٕ طرح اوس۔

لنجہِ اوجہِ گوٚونہٕ گوٚب زانٛہہ بار میون
(مہجور)

مےٚ تہِ کرٕ پنٕنۍ کٔنۍ کوشش تہٕ سوزُم اکھ غزل یٚیمہِ آیہٕ۔



کھنٛجہِ وأنجہِ گو کرِتھ دلدار میون
ژنجہِ عشقٕنہِ چھے درُن دشوار میون

مَس مےٚ دِیتٕنَم تَس گوٚمُت کیاہ کینہٕ چھُم
نارِ عشقٕنہٕ وارِ دۄ دمُت سینہٕ چھُم

پارِ کرِتھے ژۄل سُہ ترأوِتھ یار میون
ژنجہِ عشقٕنہِ چھے درُن دشوار میون

لولہِ تہنڈے یتھ دِلس دُبرائے چھم
دون اُچھن تل زن مے تہنز ے ژھائے چھم
یہِ نیائے عشقن چھا سہ کنہِ امار میون
ژنجہِ عشقنہِ چھے درن دشوار میون

بلبلن بے وایہِ پائٹھن وۄن گلس
روز خوش موسن ژِ میانس مشکلس
ینہِ ژِ تھاوکھ یاد سُے نبہِ نار میون
ژنجہِ عشقنہِ چھے درن دشوار میون

ستھ مے چھم سوے از پگاہ ما واتہِ سون
واُنسہِ وادن لس ئہ کرِہا دایہِ تون
کتھ شہارس منز چھُ زورا وار میون
ژنجہِ عشقنہِ چھے درن دشوار میون

سازگری گری چھبس ئہ ژِتھندے ہاوسَے
خونِ دِل لولہٖ اتھَو پلہٖ ناوسَے
ییٚلہِ تہِ واتم تیٚلہِ چھُ دعوا دار میون
ژٔنجہِ عشقٕنہِ چھےٚ درُن دشوار میون

عادِکَسّ ارمان دلکی گے شژوٕ پتھ
لارِ کس نش کس رٖفیقس ہیٚکہِ ژٕ پتھ
ٹارِکیاہ کھسہِ شاعرن یتھ شعار میون
ژٔنجہِ عشقٕنہِ چھےٚ درُن دشوار میون



# ژےٚ ماوٗ چھتھَن

ژۏرِ ژۏلُم سُہ یار کپاٗری
ونتہٕ ہاٗری ژےٚ ما وُ چھتھَن

چشمہٕ لوسم مےٚ پیاٗری پیاٗری
ونتہٕ ہاٗری ژےٚ ما وُ چھتھَن

ژھینہٕ تھٔنڈے مےٚ کارِ ژام خم
ییہِ نا ووٗنی مےٚ آش سوے چھم

یہِ گاش سوریوم ژھارن کپاٗری
ونتہٕ ہاٗری ژےٚ ما وُ چھتھَن

سرِوِ قدٕس مےٚ دال ہےَ گوم
یارِ سُنٛد دۏربر کرۏٹھ مےٚ پیوم

ؤنٔی دِتمَس ہر سو ژوپأری
ونتہٖ ہأری ژٔے ما وُچھتھَن

گژھِ میونٔے پہٖ نخ بیدار
ییٚلہِ وُچھن ہٕ دیٚدٕ و یار

اٖدِ بلنم مےٚ دأدی سأری
ونتہٖ ہأری ژٔے ما وُچھتھَن

مےٚ پےٚ وَنتم کُنہِ آسہِ ما
سٕہ کرٕوٕتھ مٔنزل مےٚ باسہِ ما

اٖدِ سٔنٕ یاس لاگس تیأری
ونتہٖ ہأری ژٔے ما وُچھتھَن

تیر لأیِن مےٚ بے وایے
میر شکأری رٕوٕدُم ژھایے

گأم جگرس مےٚ لأرۍ لأری
ونتہٕ ہأری ژٕے ما وُچھتھَن

قد تٔمۍ سُنٛد چھُم سروِ بالا
شوٗبہٕ وُن روے چھُس بے مثالا

مأرۍ مٔنٛدۍ ہے چھِس سورمہٕ ٹأری
ونتہٕ ہأری ژٕے ما وُچھتھَن

لوٚکچار رأوِتھ یاد اَز پیوم
یہٕ دوٗر بر یارٕ سُنٛد مشکل گوم

واتہِ کوٚت عادل کرالہٕ وأری
ونتہٕ ہأری ژٕے ما وُچھتھَن

# سون کونو آکھ

مدنو مےٓ ہا چھُم چونُے فراکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ
ودِ نا تہِ سپِئَس دمہِ نا چاکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ

ینہِ مےٓ نظرے گوہَم دوٗر
تنہِ لولہِ بدنَس سپدُم سوٗر
پیٲران پیٲران گٔرتھَم کھاکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ

وٕتم ئہ لٲجتھس کیازِ پامن
توتہِ چھُم مےٓ چاٗنی منِ کامن
ژٕنے پکھ سوے چھُم ہلہِ تل شراکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ

ژے روس مے ونتم کتہِ آرام
کیاہ بہانہِ روٹھم تہِ کوٗرتھم شام
تنہِ چھبس دِوان چأنی وبداکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ

زولہِ چھم نہِ یوان دادِ چانے
پھولہِ وُن ژے روے چھے نُندِ بانے
مولہِ متہِ والتم بہ نا لوِ خاکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ

وَس زأ جتھم مے لولہِ نارے
جگرس کوٗرتھم پارِ پارے
کس میانہِ سونہِ ہُند آنگن ژاکھ
سون کونو آکھ ژِ سون کونو آکھ

وُنۂِ اوس مےؔ امۂِ چانۂِ لولۂ ڳُے سٹز
عادلؔس کیٹا خطا چھُم تتھ مٹز
یوُنُے کیازِ اِ واپَس دراکھ
سون کونو آکھ ژٕ سون کونو آکھ

مدنو مےؔ ہا چھُم چوٗنُے فراکھ
سون کونو آکھ ژٕ سون کونو آکھ



# روے ہاوتو

کیٔاہ گوے ملالہٕ سُہ تراوتو روے ہاوتو، روے ہاوتو
چھُم یۆد خطا مُشراوتو روے ہاوتو، روے ہاوتو

شوقہٕ چانہِ پھٔلی پوشے چمن لولہٕ چانہِ کونہٕ بُلبُل سمن
سُلہِ سونتہٕ پھٔلیاہ چھاوتو روے ہاوتو، روے ہاوتو

چھُم بروٗنہہ کنہِ چونٔے ژھربر یارو کۆرُم کوتاہ دربر
دۄ دمُت یہِ دِل شہلاو تو روے ہاوتو، روے ہاوتو

چھُ مشکِ عنمبر چانٔن کتھن دسوانہٕ چھی مأنزٕ اتھَن
پھولہٕ وٕنی زٕ وُٹھ کملاو تو روے ہاوتو، روے ہاوتو

بروٗنہہ کنہِ ئہ لرِ پأن تراوِیو زٔخمے جگر اِدٕ ہاوِیو
اکہِ اکہِ تمے گُنزراو تو روے ہاوتو، روے ہاوتو

پۆت زۆنہٕ کۆت ژۆلہم ییتو ماہِ روے أز درشن دِتو
اکہِ نظرِ دِل ئلراو تو روے ہاوتو، روے ہاوتو

بیوٗٹھک گوٗہِتھ کتھ گامسے کۆرتھَم خلل آرامسے
بسہٕ بسہٕ مےٚ گوم مس چاوتو روے ہاوتو، روے ہاوتو

عادلؔ گوٗمُت آوارٕ چھے لاگر تہٕ بێیہٕ لاچار چھے
ییتہٕ سون منتھا سوے تھاوتو روے ہاوتو، روے ہاوتو



# انٹنے سٕہ یارتَے

گرٛھتہٕ ویٚسی یے انٹنے میون یار تَے
لولہٕ جگرس چھُم گوٚمُت پٔژ پار تَے

ویٚسی مےٚ ونتم تَس گوٚمُت کیٛاہ کینہٕ چھُم
نارٕ عشقنہٕ وارٕ دٔو دمُت سینہٕ چھُم
دادِ ژٕہنٛدے چھبس گٔمُت بیمار تَے
لولہٕ جگرس چھُم گوٚمُت پٔژ پار تَے

مایہِ ژٕہنٛدے یَتھ دلس دُبرائے چھسم
دوٚن أچھن تل زن مے ژٕہنٛز ےژھاے چھسم
کتھ شہارس منٛز چھُ زوراوار تَے
لولہٕ جگرس چھُم گوٚمُت پٔژ پار تَے

ساز گری گری چھبس ئہ تُھنڈے ہاوسَے
خونِ دِل پنتو اتھو پلۂ ناوسَے
شر ژلبم کر واتہِ دعوادار تے
لولہِ جگرس چھُم گوُمُت پڑ پار تَے

وژھِ واُنجہِ لتس ئہ لایان ناد چھبس
تہنڈِ دوٗرہِ مسول برباد چھبس
لژھِ گرنَس ووٗنی ییس نا عار تے
لولہِ جگرس چھُم گوُمُت پڑ پار تَے

سَتھ چھیم سوے اَز پگاہ ما واتہِ سون
واُنسہِ وادن لتس ئہ کرہا دایہِ تون
ضایہِ کوٗرنم پایہِ بڈی لوکچار تے
لولہِ جگرس چھُم گوُمُت پڑھ پار تَے

عادلؔہٕ تس ماٸرٕ مٔتِس گُس ونے
نارٕ عشقنہٕ چِھم تنمگل أارِتھ تنے
پارٕ بدَنس گوم گٔرِتھ بے عار تے
لولہٕ جگرس چھُم گوٗمُت پڑٕ پار تے



# واتم سہ یار

ہَے ویسو یس پتھ گیس دیوانے
اَز ہے پانے واتم سہ یار
روزِ دیو ساتھاہ بوزِ افسانے
اَز ہَے پانے واتم سہ یار

یم مائزِ نم کیاہ چھس شوبانے
دون مائزِ پادن ئہ وندہَس جان
شژونی شژونی کرون رونہِ دامانے
اَز ہَے پانے واتم. سہ یار

شوقہٕ تُمی ہشدِ ہے بُرم پیمانے
گچھِ کٹھنے مے تھاوی گری گری
بال پیارس ئہ دیوان خانے
اَز ہے پانے واتم سہ یار

ینہٕ ہے اسہِ دون گو یکسانے
تنہٕ پیوم للہٕ وُن دوٗری رُک نار
حورِ ہے دوٗری رن کوٗرم بریانے
اَز ہے پانے واتم سُہ یار

ینہٕ یأری زُلفن کوٗرنم شانے
پأری پأری لگہس نیوٗنم حوش
روشہِ کیاہ ازلس چھبس نہٕ پوشانے
اَز ہے پانے واتم سُہ یار

رُم رُم میأنی چھِس ہُری ونہٕ وانے
رُمہٕ ریٚشی نُے لتس لگی نم آے
رُم چھِس زأوِل بُمہٕ کمانے
اَز ہے پانے واتم سُہ یار

تس شمع رویس لوُگم پروانے
گھ مےؑ ئرمَس سر تا پائے
شوقہِ تہندِ وڑایس پان زالانے
اَز ہے پانے واتم سُہ یار

عادلؔ ئہ کوُتاہ وڑاس نادانے
کارِ ژام خم توتہِ ڈیوُٹھُم نہٕ یار
تارِ دِل کوٚرنَم چھبس نالانے
اَز ہے پانے واتم سُہ یار

ہے ویٚسی یَس پَتھ گیس دیوانے
اَز ہے پانے واتم سُہ یار



# رۋف

ژۋرِ دلبر ژۋلے ژۋلے
حۋرِ رنگ اِ ڈۋلے ڈلے
کونہِ روزَس آ دآے دائے
ساۂ زآنی نس وعدِ ڈۋل پانے
ماپہِ کمہِ سونہِ وۋلے وۋلے
حورِ رنگ اِ ڈۋلے ڈلے
بزم رآونس تہِ وُچھ وُنی تھآونس
تمبہِ لاوِتھ دۋر اِ ترآونس
ستیٖ پردبن رۋلے رۋلے
حۋرِ رنگ اِ ڈۋلے ڈلے
زاگ ہمسے پتھ ناگہِ رادن
یۋری ییہِ نا وُنہِ چھس آدن
یہِ باغ زانہہ نے پھولے پھولے
حۋرِ رنگ اِ ڈۋلے ڈلے

خنذٍ گُرنم تۃٍ فنڈٍ باز لوگنم
عادُکَس کیازِ ہتن زوگنم
سُے دؤدنے زاثہہ بۆلَے بۆلَے
خؤرِ رنگ اِذٍ ڈؤلے ڈلے



# "ڈکہ بُجیے لول آم"

کنہ دوُرن گڑاے ئجیے
ڈکہ بُجیے لول ہے آم
لولہ چاپنے زوو مے بُجیے
ڈکہ بُجیے لول ہے آم
چانہ حُسنگ شورِ شر بوُزِتھ
گئے عاشق ششدر روُزِتھ
وأنس میأنی پادن ئجیے
ڈکہ بُجیے لول ہے آم
روپہ بدنس چھے کیٲہ چألی
شوبہ وُن چھے اطلاس نألی
تالہِ پیٹھ چھے قِری مزٕ ڈجیے
ڈکہ بُجیے لول ہے آم
سورمہ چشمن چھے یہِ گلکأری
زاتہِ سبز چھے یہِ بڈ یأری

کالہ کونکلن سُم چھے بچیے
ڈبکہ بچیے لول ہے آم

سپنہ زولتھ امہ لولہ نارے
کیشہہ تراو تم گوم پاڑ پارے

شہر چینچی رنگہ واو جیے
ڈبکہ بچیے لول ہے آم

شام سپدُم ووڑی کوّت واتے
دِتہ دیدار مےٗ کُنہ ساعتے

عادلَس نے بندگی تچیے
ڈبکہ بچیے لول ہے آم



# وَنہاٰری یے

ناوَس ئہ لگے پاٰری یے
ہاٰری یے ہا ونۂ ہاٰری یے
ہاوَس چون گوم جاٰری یے
ہاٰری یے ہا ونۂ ہاٰری یے

حُسنۂ چھے سبٹھاہ یاٰرے
اتھ کیٛاہ کرِ پاٰراو
یہِ دِتُٕے پروردگاٰری یے
ہاٰری یے ہا ونۂ ہاٰری یے

بالہٕ پیٹھ کالہٕ شہماٰری یے
ترٲوِتھ چھِ آویزان
وِچھوِنۍ گرٛہان اڈٕ ماٰری یے
ہاٰری یے ہا ونۂ ہاٰری یے

دنډ چائی چھی قنډ قاری یے
ڈکھ چون کیاہ شوبان
نس چائی کیاہ قداواری یے
ہاری یے ہا ونہ ہاری یے

تڑاوان قدم ژاری ژاری یے
کھیاوان چھکھ ارمان
کس آسہِ یتھ ادا کاری یے
ہاری یے ہا ونہ ہاری یے

بہ کرہے پیالہ برداری یے
کتھ جایہِ چھکھ آسان
دژا یکھ کمہِ بازاری یے
ہاری یے ہا ونہ ہاری یے

سروے قدس ٹکۂ ٹأری یے
نیٛہہ گٹہِ گاہ تراوان
لاگے ئبہ پوش ژأری ژأری یے
ہأری یے ہا ونۂ ہأری یے

گٔلو گٔلو گرٛھان زن سأری یے
ؤلی ؤلی پٔنن روے ہاو
شوبہٕ وِنی چھی سورمے ٹأری یے
ہأری یے ہا ونۂ ہأری یے

چھٔے ونان عادل کرالہٕ وأری یے
یہِ بجر دِتُے ذاتن
مُرِتھ ییہِ زِ میانہِ مزأری یے
ہأری یے ہا ونۂ ہأری یے



# پتھ کالہِ ییٚلہِ شیٖن پیٚوان اوس

مےٚ چھُ وارٕ یاد پتھ کالہِ ییٚلہِ وندٕ شروع گژھان اوس، شیٖن اوس تیوٚت پیٚوان زِ کام کار اوس پورٕ پأٹھی ٹھپ گژھان۔ پھیرُن تھورُن تہِ اوس نہٕ بنان تمہٕ سڑکہِ کتہِ آسہٕ۔ ٹانگہٕ أسی نہٕ کُنہِ تہٕ گاڑٕ ہن ہنز چھینہٕ کتھے ژھیٚہِ پٔشن آسہٕ زتہِ چھہِ زتہِ چھِ شِشر گانٹہٕ آویزان آسان ہمسایہِ أسی پانہٕ وأنی اکھأ کی سُندِ گرٕ گژھتھ اورٕ چ یورٕ چ کتھاہ باتھاہ، ڈلیلا درباراگرِ تھ اکھأ کی سُند دِل بہلاوان، سہٕ شیٖن پینہٕ ستی تہِ اوس اکھ نوٚو سماپأدٕ گژھان تہٕ سہٕ وَق چھُ مےٚ ییٚمہِ انمانہٕ شأعری ہُند جامہٕ وٕلتھ بیان کوٚرمُت۔

یارن گیٚنڈنم شیٖنہٕ شرطس تے
استےَ استےَ ونٛدٕ مالہِ آو
نوٚو یاوُن لوٚگ آسمانس تے
استےَ استےَ ونٛدٕ مالہِ آو

روپہِ ورشُن زن کاینا تستےَ
نپہِ نپہِ کران شینہٕ سر پوش
سزن ٹھزرن پیٹھ بالس تےَ
استےَ استےَ ونہٕ مالہِ آو

کُس تام ژامُت منز باغس تےَ
باغکیٕ سأری گُل خاموش
بُلبُل کریشان پیٹھ تھزرس تےَ
استےَ استےَ ونہٕ مالہِ آو

پوشہِ نوُل چھُ ونان داستانس تے
شینہٕ پِنز اَز شولہِ ماران
ہرنو ژھالہِ نیہِ منزی جتگلس تےَ
استےَ استےَ ونہٕ مالہِ آو

ٹھوٚر کمی تھونم آفتابس تےَ
اوٚبُر تلی پان چھم ژھایہِ تھاوان
نالی کیاہ چھم مے کالی ہاوس تےَ
استےَ استےَ ونہٕ مالہِ آو

أمی سناشُربن کوٚر ٹھاک گندنس تے
پَتھ گُٹھِ پرٛژَن چھِم کران شمار
أندی أندی بِہتھ چھِی وشنیرس تے
استَے استَے وندِ مالہِ آو

شُہر وُچھ شیٚشِتر کوٚر زٕمینس تے
اتھِ بُتھ نس کن ششدر ہی
ونہِ کیٚاہ ئہ لوگس پان ولنستے
استَے استَے وندِ مالہِ آو

کینژھو پانہِ وأنی ہیٚتی وٕنی ٹھستے
کینٛہہ چھی گرن مژ پران گل ریز
کینٛہہ چھِی بیدار رأتی رأتس تے
استَے استَے وندِ مالہِ آو

کینہہ ھو پھیٚر ہیوٚت دیُن سبقس تے
کینہہ ھن کھیلن ہُنٛد چکہٕ چاو
کینہہ ھو دارِ بر گرۍ ہے بستے
استے استے وندٕ مالہِ آو

یمبرزلہِ وۄننے گُل لالس تے
اسہٕ دون کس تام سر زور گو
یاوُن پۄشنو پوہ ماگس تے
استے استے وندٕ مالہِ آو

اتھہِ ہاٸیمتی چھم عادلسؔ تے
شیٚنس ئوِس نوٚو چکہٕ چاو
لیٚکھہِ کیاہ شُہہ لوٚگ میلہِ قلمستے
استے استے وندٕ مالہِ آو



# طرحی بأتھ

مے دۏربر چون گوّو نہٕ مشکل
ہتن زاگان ژٕ پانہٕ مدنو
مہ کر گاٹنگل ژٕ بن وأصل
کرَے زُلفن ئہٕ شانہٕ مدنو

ژٕے رۏس چھنہٕ لولسے معنے
ونے گس غأر کیٛاہ زانے
مے پھولہٕ ہے باغ ینہٕ چانے
ژٕے رۏتھُم کیٛاہ گمانہٕ مدنو

ئہٕ تھووتھَس اضطرابَس منز
کران پأنس ژٕ پنہٕ نُے سنز
کتھاہ اکھ کر ووٗنی لولَس منز
ژٕ پنہٕ نے امہٕ دھانہٕ مدنو

مے نِش کیاز چھکھ ژٕ دورأنی
ژٕے ہیوٚ چھنہٕ بیٚیہٕ مے کانٛہہ ثأنی
مے لوسم چشمہٕ پیٛارأنی
بہٕ ژھارتھ دوہلہٕ کیٛاہ شبانہ مدنو

گچھے گُٹھِ پوش وتھراوے
یہٕ أندرِم حالِ دِل باوے
موٚدُر مَس پانہٕ پلناوے
ئہٕ پنہٕ نے امہٕ دُکانہٕ مدنو

ئہٕ زوٗلُس دوٗرِرَن چاۍنی
مےٚ لوٗیِ ناد ژےٚ آسماۍنی
ژٕ ما ژاکھ سانہٕ آنگاۍنی
مےٚ ہجرُک نار وُہانہٕ مدنو

یہٕ گس اتھِ نامہٕ ژیٚے سوزے
ییٚئے چانیک یہٕ پےٚ بوزے
توٚتانۍ چانین وتن روزے
أچھر والو ڈُوانہٕ مدنو

ملاۓ میون اگر ترٛاوکھ
یہٕ دوٚ دمُت دِل ژٕ سنبھلاوکھ
سو عادلَس بڑٕ منتھ تھاوکھ
تہٕ ترٛاوکھ یم بہانہٕ مدنو

نوٹ: ۱۰ ستمبر ۲۰۱۷ء آتوارِ دوہہ منو ریاستی کلچرل اکاڈمی، کشمیر کنسرن فاونڈیشن کہِ اتھہِ ولہہ کرالہٕ وٲرس اندر یومِ عبدالسلام ثاقی۔ تقریبہِ پتھ آو اکھ طرحی مشاعرہ پیش کرنہٕ یتھ صدارت عادل کرالہٕ وٲرۍ کرتہٕ کوٚرن پننہٕ طرفہٕ یہِ کلامہٕ پیش۔

# میون وستاد

یہ میون وستاد باغک بہار چھُ نا
سُلہِ سونتگ گُل انار چھُ نا

یم سائنس دان زۄنہِ پیٹھ کھسئ تن
دورِ دنیا گرئ تن تتہِ بُسئ تن
نتہِ ستھ سمندر تل وۄسی تن
تتہِ لال جواہر ہیتھ کھسئ تن
یہِ سورُے تسُند گاٹہٕ جار چھُ نا
یہ میون وستاد باغک بہار چھُ نا

سانہِ سمکی یم بڈی بڈی لیڈر
کم افلاطون کم کم سکندر
بیٚتہِ ڈاکٹر آسئ تن یا افسر

چھُے تھزرِس سارِٕبن سون ماسٹر
توٚے مےٚ وٕنٛس تہٕ وار چھُ نا
یہ میون ووستاد باغکُ بہار چھُ نا

ییٚتہٕ سأری چھِ ہوی ماجین زِوان
کینٛہہ رِتی چھِ بنان کینٛہہ چھِ انجان
ییٚمہٕ علمُک تأکید چھُے در قرآن
سُے علم ووستاد چھُ پرٕ ناوان
اِدٕ تٔمی سُنٛد بلند وقار چھُ نا
یہ میون ووستاد باغکُ بہار چھُ نا

یتہٕ تعلیم آسی کم تے ژھوٚٹ
تتہٕ باسی سارِٕنے زن انہٕ گوٚٹ
کھروأرِس کھر موٚد تتہٕ روٗد لوٚٹ
اکھ أکِس کھش کرن وُچھنَے ہوٚٹ
تتہٕ بادشاہ تہٕ اِدٕ بے کار چھُ نا
یہ میون ووستاد باغکُ بہار چھُ نا

گوڑھ فکرِ ترُن عامن تہٕ خاصن
یتہِ ساری چھِ کھیمتی وسواسن
ؤلی نوکری گژھِ بٔنٛز مٔدل پاسن
توتہِ وبوہار کرہن دوَن ژون ساسن
لَس مائلس تہٕ ماجِہ سُہ بار چھُ نا
یہ میون ووستاد باغکُ بہار چھُ نا

ہا ووستادِ عرضی تھاو حض کن
خوش پأٹھی فرض انجام ژِ ان
چون بوزی نہٕ کانٛہہ روبَس ژِ ون
سُے شاد تھوی ژےٚ دوَن عالمن
یِی عادلن عرض بار بار چھُ نا
یہ میون ووستاد باغکُ بہار چھُ نا

......☆......

# کورِ ہِنز تاٗلیم

لڑکہٕ ہِنز تاٗلیم اُچھن ہُنٛد نوٗر
کورِ ہِنز تاٗلیم چھُ نوٗرٕ ے نوٗر
نوٗرٕ ے نوٗر نوٗرن النوٗر
کورِ ہِنز تاٗلیم چھُ نوٗرٕ ے نوٗر

علم حاٗصل کرنٕک چھُ فرمان
علمہٕ سٟتی بنان چھے انسان
پیٚتن اِدٕ گرٕ ھن کوٗتاہ تہِ دوٗر
کورِ ہِنز تاٗلیم چھُ نوٗرٕ ے نوٗر

لڑکہٕ پرہ تاٗلیم چھبس پانس
کوٗرِ ہِنز تاٗلیم چھے خاندانس
اِدٕ کار کسب تہِ یلہٕ آسبس پوٗر
کورِ ہِنز تاٗلیم چھُ نوٗرٕ ے نوٗر

کوربن ہِشز تائلیم گۄڈ گژھنہٕ عام
نہ چھےٚ اتھ مندچھی نے چھبس پام
یہِ گٹہٕ ژلہِ تہٕ گاش دیہ پھولہٕ وُن ٹۄر
کورِ ہِشز تائلیم چھُ نۄرِ ے نۄر

یہِ چھِ کامہِ کارٕ ستیٚ گرٕ شوٗلہٕ ناوان
پژبتھ کائنسہِ ہُنْد دِل رژٕ ناوان
یہِ باغک بہار چھےٚ گولاب مۄر
کورِ ہِشز تائلیم چھُ نۄرِ ے نۄر

کاثہہ فرق چھےٚ نہٕ اَز کورِ گۄ برس
تارکو مالہٕ کیاہ کرِ اۆ برس
صدرِ ہنْد پاٹِل اُس ماجہِ ہِشز کۄر
کورِ ہِشز تائلیم چھُ نۄرِ ے نۄر

یہے کۄر یہے ہیٚنہٕ اٲتھی کٔڈ کھوج
یہے چھےٚ ہمسفر یہے سرٕ بوج
یہے چھےٚ شفیق موج چٕنچ حۄر
کورِ ہِنٛز تاٗلیم چھُ نۄرٕ ے نۄر

تاٗلیم کورِ ہُنٛد زیور چھے
یُسے کرِ گوٚنگُل کرٛاو کرِ سُے
علم چھُے لازوال پوربس نہٕ ژۄر
کورِ ہِنٛز تاٗلیم چھُ نۄرٕ ے نۄر

چھے ونان عاٗدِل کرالہٕ وٲری
لوٗکٕڑ بڑی تاٗلیم پٔرن سٲری
بے علم ناتواں گرٛھان مجبۄر
کورِ ہِنٛز تاٗلیم چھُ نۄرٕ ے نۄر

......☆......

# نو بہارن ترٛوو پرتو

اَز نو بہارن ترٛوو پرتو تیز اشارن منٛز
ئِج پوشہِ پھلیاہ لولہٕ باغَس انتظارن منٛز

ڈُلک پمپوش وُچھم پُر جوش چھُ آمُت پوشنولن حوش
قُمرٕ کستوٗر چھُ بولان اَز نشاطن شالمارن منٛز

وطن سونُے چھُ کیاہ ننٛدٕ بون چھُ پوشن ہُندیہِ مالِن کرٛون
نٔوی پأغام ہیتھ بُلبُل چھُ آمُت لالہٕ زارن منٛز

کوٗلن آرَن نیَن ناگن چھُ مخملی فرش زَن باغَن
نٔوے ہوہرارے لوٕچ اَز وُچھم مے آبشارن منٛز

چھُ نورُک گاہ سنگرمالن شینہٕ سرپوش چھُ کوہ تالن
کران نپہ نپہ ڈلس اندر رچھِ پمپوش زن اِشارن منٛز

پھٕلِتھ بر جستہٕ گُل آٔمتؠ یمبرزل پوش ٹٔنٛ دزاٲمتؠ
گرٛھان اَز وِگنہٕ ونہٕ وُن وُچھ ژوپأری سنجہِ ڈارن منٛز

نسیمکی بونہِ شہجارن تراوتھ پھر دِلن اندر
وِچھِتھ مرگن ہُند سبزار لگان پوچھر امارن منٛز

ونان عادلؔ گلہِ لاَس سُہ دلبر اَز ییم سااَس
سُہ شاید یوسہِ آسِم ما گِندان نبکِہن ستارن منٛز

......☆......

# لول بران اکھ بہارو

یَتھ لولہٕ باغس لول بڑان آکھ بہارو
پیچانہٕ زُلفن شانہٕ کران آکھ بہارو

یامت ژٕ سونتُک واولٲ گتھ ژاکھ باغَس منٛز
کم نِندرِ ہُتی بیدار کران آکھ بہارو

مستانہٕ پأٹھن پانہٕ رٕٹِھتھ جاے پوشن منٛز
زَن پوشہِ وٕتھرن موختہٕ ہران آکھ بہارو

یامت یہِ پرتو چانہِ لولُک پور باغَس پیٛو
اِدٕ زوٗنہِ ہِنٛدی پأٹھی چوٗنہِ جران آکھ بہارو

نشاط باغَس شالمأرس اوٗنتھ بێیہِ لوکچار
مُنٛزی جھیلہِ ڈلَس تارہ تران آکھ بہارو

رزِ پان کھاٲلتھ عشقہٕ پیچانس ژٔ ےبوٗ رُتھ آے
اِدٕ بلبلن دیوانہٕ کران آکھ بہارو

تتہٕ نرگسن تے سنمبلن یمبرزلن نُوی بوش
ینہٕ وِگنِنیٔ ستی نغمہٕ پران آکھ بہارو

عاشقن رکٔوھ ڈالی دوہے چھۓ ژٔےپانَس ستی ستی
ونتہٕ سوے کمہِ وانہٕ گران آکھ بہارو

اَزوِیرِ پوشورنگ چھُ روٗ ٹمُت عادلہٕ ریٚشی وارِ منز
بیٚیہِ ٹیکہٕ بٹنن مشک ہران آکھ بہارو



# نوبہار آمے پوشہِ وارِ

نوبہار آمے پوشہِ وارِ وٖیسی یے
روزکھنا دِل ہے گوم تارِ وٖیسی یے

بالادربن پٹھ وِگنہِ ونوان
نشاط باغَس چھِ پھلیاہ جان
طوطہِ ہے گندان ون ہارِ وٖیسی یے
روزکھنا دِل ہے گوم تارِ وٖیسی یے

بیٚون بیٚون چھے رٔٹمٕ پوشو جائے
مائلہِ مُتی عاشق سأٔلس دڑاے
مائلہِ لوگمے بادام وارِ وٖیسی یے
روزکھنا دِل ہے گوم تارِ وٖیسی یے

مس کھأسی بُری بُری چھِ مالا مال
یمبرزلہِ کوٚرمُت چھِ یوٚمبرس سال
شالمأر تیٚمی آتھوارِ ویٚسی یے
روزکھنا دِل ہےَ گوم تارِ ویٚسی یے

نیلہٕ ناگچھ گلو کوٚر پأراو
دِل ہیتھ دِلبر کمہِ وتہِ درٛاو
شیخ صأبن ژار بریٚسوارِ ویٚسی یے
روزکھنا دِل ہےَ گوم تارِ ویٚسی یے

کرالہٕ وأری عادلؔ آوے لاران
زوٗنہٕ پیٹھ کونگہٕ وارِ شولہٕ ماران
یہِ دأدی لد دِل ہے سندارِ ویٚسی یے
روزکھنا دِل ہےَ گوم تارِ ویٚسی یے



# آمے بہار

وۍسی یِہ مے قسمت گو بیدار آمَے بہار آمَے بہار
پھٔلرأوی سونتن لالہٕ زار آمَے بہار آمَے بہار

بالو بٹھو بیرو ٹٔلی یمبرزل آیہٕ پھٔلی پھٔلی
سوسُن پوشو رٔژ مزار آمَے بہار آمَے بہار

وُڈرن دَجن ڈارن نین رنگہٕ رنگہٕ پھلَے ژرٕ دَین
رنگہٕ جامہٕ پرتھ چھِ سنجہٕ ڈار آمَے بہار آمَے بہار

یاوُن لۄگ ویرِ وارہٕ جوین کولن بٔیہٕ آرہٕ
نیرِبن نین پھیوٚر سبزٕ زار آمَے بہار آمَے بہار

قُمیر کستور ہزار داستان بولبن کران چھِی مانہٕ مان
لنجہِ لنجہِ چھِہ پھیران جانہٕ وار آمے بہار آمے بہار

رنگہٕ ناوِ منز شروٗنی کران مہارٕنی چھےٚ زن سٕدرس تران
پمپوش ڈلس پھٔلی بے شمار آمے بہار آمے بہار

صُبحکہِ خوشبوے واوِ ستی شبنمی موختہٕ چھرکاوِ ستی
وتہِ وتہِ یوان اَسی مُشکنی عطار آمے بہار آمے بہار

ونہٕ چھِہ یارنے چھےٚ نوٚو سوز کُن تھاو عادلہٕ وارِ تی بوز
بٔنیہِ شالمارِ لگ آتھوار آمے بہار آمے بہار

# شالماراز شولہٕ ماران

سانہٕ وطنُک شالمار اَز شولہٕ ماران ہا متیو
اَز چھُ بُلبُل لولہٕ باغَس ژھالہٕ ماران ہا متیو

اَز قُمیر کستوٗر باغَس منٛز نوٗے گبوٗ ناہ گبوٗان
پوشنوٗل اَز لولہٕ سازَس تارہ چاران ہا متیو

وگنہٕ ونہٕ وٗن اَز چھُ تھزرس پیٹھ نشاط باغَس اندر
منٛز ڈُلُک پمپوش بوزِتھ گرایہٕ ماران ہا متیو

عارٕ بُرژو لولہٕ چشمو اَز بمبور گس کُن ونان
مایہٕ ؤچھو اَز یمبرزل آیہٕ لاران ہا متیو

ہو ہرائے واوِچ مائے اُلُ گتھ اَز بہِتھ گلمرگِ منٛز
شینہٕ بالو ختہٕ گُری نبکِن ستارن ہا متیو

عشقہٕ پیچان پان ؤلی ؤلی اَز بہتھ رنگہٕ ناوِمژ
زۄنہٕ گاشِس عاشقن زن تارٕ تاران ہا متیوٕ

اَز چھُ تلمُت گربز کولو آروتہٕ ناگوٗ چھ ژوپأری
چاو روٗژمُت اہرٕ بلکی آبشارن ہا متیوٕ

عادلؔ ونان یَتھ لولہٕ باغَس نوبہار اسہِ پوشِتن
اِدٕ بلن یِم دأدی لد دِل ، دِل ہشارن ہا متیوٕ



# بادام پوشو

بادام وارِ ہِنٛدِ بادم پوشو
ہا جگر گوشو کھونہِ للہٕ وَتھ
پھٔلی پھٔلی آکھو اَز برجوشو
ہا جگر گوشو کھونہِ للہٕ وَتھ
وعدٕ گو پور اَز ساد منوشو
یمبرزل پوش چھِ سایَس تل
گوش تھاو بمبٔرُن بوز بولبوشو
ہا جگر گوشو کھونہِ للہٕ وَتھ
بُلبُل ویرِ چانہِ چھی خاموشو
حسنَن چأنی تِم دیوانہٕ گٔری
حبس ہوش روٗکھ عشقنہِ جوشو
ہا جگر گوشو کھونہِ للہٕ وَتھ
بادام وارِ ہنٛدِ صاحبِ جوشو
امہِ تھزرٕ پیٹھے اسہِ نظراہ تراو

عاشق پےنہٕ کرہکھ زاںٹھہ فراموشو
ہا جگرٕ گوشو کھونہٕ للہٕ وَتھ
سال گمی کوٚرنے لعل فروشو
مخمل جامہٕ چھِی پادن تل
زُلف یلہٕ ترٛاوِتھ چھِی بردوشو
ہا جگر گوشو کھونہٕ للہٕ وَتھ
ڈلہٕ مشٕز کھوٚتکھو ہا پمپوشو
ژھلہٕ اکہٕ بادام وارِ کُن آکھ
عاشق چھِی کران خوٚنِ دل نوشو
ہا جگر گوشو کھونہٕ للہٕ وَتھ
ملالہٕ مو رَٹھ گلہِ لالہٕ پوشو
یَم ہا داغ دِلکی ژلنے اَز
عادلسؔ ووٚنی مو روز روپوشو
ہا جگر گوشو کھونہٕ للہٕ وَتھ
بادام وارِ ہِشَدِ بادم پوشو
ہا جگر گوشو کھونہٕ للہٕ وَتھ

# سائٕنی کشیر

ژیٚے کُن وُچھی وُچھی تمبلان چھِ سأری
ہا کشیر سائٕنی اچھِ دأری یے
کأنسہِ نَے چھکبھ کران دِل آزأری
ہا کشیر سائٕنی اچھِ دأری یے

فخرِ سان چھی ونان جنتِ بے نظیر
در دنیا چھُ کشمیر
عالمس منز چھے ناماوأری
ہا کشیر سائٕنی اچھِ دأری یے

شہرِ تھ تہٕ پرِتھ یم باغ بوستان
گُل دستہٕ چھا گُلستان
بُلبُل چھِ کریشان وُلیٕ متی امأری
ہا کشیر سائٕنی اچھِ دأری یے

جایہِ جایہِ امہِ چانہِ حُسنُک اظہار
حأران گژھان چھہِ اغیار
وِچھتھے یِم چانٕہ سورِے ٹأری
ہا کشیر سانٕہ اچھِ دأریے

شینہٕ سر پوش شوٗبان چھی پٕٹھ بالن
سنگرمالن چھہٕ نوٗرُک گاہ
کوہِ بیابان چھی پھٕہر در ژوپأری
ہا کشیر سانٕہ اچھِ دأریے

نشاط باغچِمن یِمبرزلِنہٕ شانہٕ کوٗر
پانہٕ أمی جیلہِ ڈلِنہٕ
بمبورا مَس کھاسی بُری گُپکأری
ہا کشیر سانٕہ اچھِ دأریے

شالمأر باغَس ئجی پھلے پوشن
سارٕنے گوو تہٕ گوشن
عاشق لاگنے دوہے ژارٕ ژأری
ہأکشیر سأنی اچھٕ دأری یے

مرگن جایہٕ جایہٕ مخملی سبزار
گُل مرگہٕ لولہٕ بازار
لولَس میول کور بونہٕ شہجأری
ہأکشیر سأنی اچھٕ دأری یے

دوہے نو یاوُن یَتہٕ ویرٕ وارن
لولہٕ ساز چھُ آبشارن
قلمَس زیو دِژ عادل کرالہٕ وأری
ہأکشیر سأنی اچھٕ دأری یے

# عید آیم ءُ بہ کرے سالو

عید آیم ءُبہ کرے سالو
بوز آلو مصرِکہِ لالو
بوز آلو ماہِ مشالو
بوز آلو مصرِکہِ لالو
گچھِ کُٹھِ ہو گچھِ کر ناوے
لچھِ قسمَے پوش ووتھراوے
اچھِ پوشن ءُبہ کرے مالو
بوز آلو مصرِکہِ لالو
رنگہِ رنگہِ نیاءُش رنہِ ناوے
بروٹھہِ کنہِ ہو لولہِ سان تھاوَے
موے تہِ ماریٖ فت بہ ءُ برے پیالو
بوز آلو مصرِکہِ لالو
کینہِ تڑاوتو از یٖتو سوئے
نارِ عشقنہِ دوٗد سینہِ میوئے

وارِ وُچھتو ژِ میوئے حالو
بوز آلو مصرِ کہِ لالو
یۂری یکھنا ژِ داوا دارو
چانِ موکھِ بو گئیس آوارو
کنہِ سوزَے تۂری سوالو
بوز آلو مصرِ کہِ لالو
یتہِ جل جل دتہِ درشنٔے
بس عادلَسؔ چھُ تمنا چوئے
کاتھہ اکھ نو چانہِ خط خالو
بوز آلو مصرِ کہِ لالو



# عیدیانہ ہبتھ تیم جانئے

عید آیم چھبس ئہ توشانے
عیدیانہ ہبتھ تیم جانانے

مدِ مائِتس بُتھِ ہے نیرَس
گتھ ئری ئری أندی أندی پھیرَس
سَتھ چھبم مے آسم پکانے
عیدیانہ ہبتھ تیم جانانے

مس کھاسی ہے برٕی برٕی ئہ تھاوَس
مائُزِ اتھو پانہ پلناوَس
دیو داما چٔینہِ لولہِ سانے
عیدیانہ ہبتھ تیم جانانے

روِنہِ موؔت ہےَ کھونہِ للہٖ ناون
قندہ شربتھ گلہِ گلہِ چاون
تھلہِ تھلہِ ہےَ روزَس وُچھانے
عیدیانہٖ ہبتھ تیِم جانانے

تہہ گری گری تھأوی مَس جامَے
ینہٖ دوٗریوم تنہٖ نے آمے
کر واتبم گیس دیوانے
عیدیانہٖ ہبتھ تیِم جانانے

موؔت معشوق ینہٖ ہے دوٗریوم
تنہٖ ازَلس زاثہہ نے پوٗریوم
کارِ ووگنِس وتہٖ وُچھانے
عیدیانہٖ ہبتھ تیِم جانانے

لولہٖ سان تَس یاون رائَس
ڈیشِتھے ئہ تھہہ پان لالیس
یام وانتم چھبس پیٹارانے
عید یانہٖ ہبتھ تیم جانانے

رؤف عادلن ئہ ہے بوزناون
موے تہٖ ماٗرک فتھ دامہٖ دامہٖ چاون
بوز ناون سوٗرے داستانے
عید یانہٖ ہبتھ تیم جانانے

عید آیم چھبس ئہ توشانے
عید یانہٖ ہبتھ تیم جانانے



# عید آیم بالی یے

روشہ دلبر پوش چھاوبم عید آیم بالی یے
عید آیم عید آیم عید آیم بالی یے

دارہ جگرِ چہ یلہ تڑاوبم یارسے آو آو چھم
وعدہ کوّ رمُت یاد پاوبم عید آیم بالی یے

رونہ منزِلس للہ ناوبم شرونی کر دامانیسے
ہنگرِ نرِ پانے سجایم عید آیم بالی یے

گچھِ گُٹھسے منزِ مے تھاوبم رنگہ رنگہ نعمۂ انتھ
شوقہ تھنڈے رنہ ناوبم عید آیم بالی یے

سینہ دوٗ دمُت بلراوبم آدنگ جانانہ اَز
کینہ سورُے مُشراوبم عید آیم بالی یے

لولہ سخنن کن مے تھاوبم ہول وانجہِ مے ژلیم
جام وصلک اَز مے چاوبم عید آیم بالی یے

ساز لولُک گُس مے وایم راز ونہا عادلَس
تازہ غزلہ بوزناوبم عید آیم بالی یے

# سوندریے مُبارک

بطرزِ روف

پوشہِ باغٕچ پوشہِ تھٕریے سوندریے مُبارک
ہوش نیوتھم رنگہٕ ژٕ ریے سوندریے مُبارک
ٹِکہٕ برسرکیاہ چھے شوبان عاشقن ہےَ دِل لۄبان
مژھن مژھ بندنٕربن کری یے سوندریے مُبارک
روے چوٗنُے ماہِ تابان اورکُس کرِ مان مان
چونہِ زَن چھے ژٕری ژٕری یے سوندریے مُبارک
نستہٕ خنجر بُمہٕ کمان وُچھہٕ ونین ہے دِل بربمان
تاشقندٕچی لال پری یے سوندریے مُبارک
زلفِ شہمار چھی آویزان مائزِ پادن چھی بچھان
یہِ چھے تٕہنزٕ ے کاری گری یے سوندریے مُبارک
مایہِ چانے ٔکتی چھِ روان آو عادل ؤنی دوان
روے ہاوتےَ ماہ پٕری یے سوندریے مُبارک

......☆......

# رؤف

## (مہریٚنہِ ییٚلہِ مائٹزلاگن)

عربہِ منٹزِ چانہِ موکھِ مائٹز اٗنٛ مےٚ
مہاریٚنٛ مائٹز ہےَ لاگوے ژےٚ

مہاریٚنٛ مائٹز ہےَ لاگوے ژےٚ
مہاریٚنٛ مائٹز ہے لاگوے ژےٚ

میزَس پیٹھ میز پوش چھے ترٲوِتھ
کُرسی چانہِ موکھِ چھے سجٲوِتھ

اتھ شمع دانَس بروٗنہہ کنہِ بہہ
مہاریٚنٛ مائٹز ہے لاگوے ژےٚ

ویٚسہِ یوٗر انہِ لولن ہےَ چاٗنی
بوزان چھکھے اٗل مبر جاٗنی

وبسو مثزِ اسہِ ہےَ چونُے سریٚہہ
مہاریٚنغ مائنز ہے لاگوے ژےٚ

بأئے جلنہٕ چھے ونان کر ژ فرماش
خانہٕ موج کۆر چھم دون أچھن گاش

تہِ آسمانہٕ پے تَن والُن مےٚ
مہاریٚنغ مائنز ہے لاگوے ژےٚ

ماسو ہے خاصہٕ تن پأرأوِ ے
مامو ہےَ دلبری سبٕتھاہ ہأوی

امہِ کھوتہٕ لول نے آسان کینٛہہ
مہاریٚنغ مائنز ہے لاگوے ژےٚ

ڈیڈی چھے ونان خدا بوزِن
کۆرسأنی خوش تہٕ خوشحال روٗزِن

أمی چأنی تھلہِ تھلہِ چھے وچھان ژےٚ
مہاریٚنغ مائنز ہے لاگوے ژےٚ

چھے ونان عادل کرالہ وأری
رُوب ژے گرئی نے پڼز یأری

سُے کری اتھ رؤٹ غم مۂ بر کیٛنھہ
مہارینٛز مائنز ہے لاگوے ژے



# مہرازس مائنٛز لاگنہٕ وزِ

ہا وبسو أسی گِندو منٛز مأدانس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مائنٛزِ راتھ
اَز ہے جانانس جانِ جانانس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مائنٛزِ راتھ

پُریو ونوٗ و منٛز پرستانس یندرازُن چھُ دربار
وِگنیو تہِ سنٛز کوٚر منٛز گُلستانس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مائنٛزِ راتھ

پچھ ووتُم گچھ کران یتھ دیوان خانَس لوٚکس کران ویوہار
بولبوشہِ کری توے پانس پانس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مائنٛزِ راتھ

تَتہِ لأل بہتھ چھے عشقہٕ دُکانَس
موے تۄہٕ مأری فتھ چھِ بأگران
یِیٚتہِ دوس أندی أندی چھِ مجنون خانَس

اَز ہے جانانَس چھےٚ مأنزِ راتھ
مأنزِ راتھ از ہے چھِم عشقہٕ پیچانس
شالمار تہِ پھٲلِتھ آے

مأنزِ پوش لاگے مأنزِ مستانس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مأنزِ راتھ
ماجہِ ہے دشہِ گنجس پرٕتھ آستانَس

یہِ راجہ ییٚلہِ چھِم زامُت
مأئلی مونہِ کرسے آیستانَس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مأنزِ راتھ

عادؔل چھُ ونان جانِ جانانَس
یہِ تقدیرٕ چھُ زوراوار
زبنہٕ وِزِ چھُ لبکھِتھ پرٕتھ انسانس
اَز ہے جانانَس چھےٚ مأنزِ راتھ

# ییلہِ مہرتینی وأرو سکھران چھے

گرٛھ خدایس ٲرمکھے حوالہٕ ٲتی
نیری وأریو تراوی ووٚنی مالین أتی

وعدٕ کوٚرمُت پینے زانٛہہ مُشراوکھ
دوہے خوش روز پینے زانٛہہ ووش تراوکھ
پارٕ کوٚرنم أمی ہے چأنی مارٕ مُتی
گرٛھ خدایس ٲرمکھے حوالہٕ ٲتی

شروٚنہِ دار چھے ہٕنگرِ نرِ پأرأوِتھ
ہٹہِ تلکٕے موختہٕ ہار چھے سجأوِتھ
مارٕ پیچان چھِی شوٚبان کارِ پٲتی
گرٛھ خدایس ٲرمکھے حوالہٕ ٲتی

بیرٕ تن چاٲنۍ کیٛاہ چھےٚ شوٗبٲنۍ
وٕٹھ رٔژھ پھٔلۍ دند چھی تابٲنۍ
کتھٕ شیٖرین اتھٕ چھی پوشہِ پھٔٹی
گۆژھ خدایس ٲرمکھے حوالہٕ ٲتی

کوٚر عالم دیوانہٕ گُلفامو
وۄنۍ نظراہ تراو چشمہٕ بادامو
اِدٕ بلنم جگرٕکۍ نارٕ یٲتی
گۆژھ خدایس ٲرمکھَے حوالہٕ ٲتی

چوٗن دۄربرٕ یێمہِ یور ژالن چھُم
وعدٕ کوٚرمُت ٲخر مےٚ پالُن چھُم
ممی ٲری نَے موٗنہِ میٹھی تہٕ نالہٕ مُتی
گۆژھ خدایس ٲرمکھَے حوالہٕ ٲتی

اٹھ وٲتی نے وٲریوٕ ژےٚ ونہٲری
منگہِ ذاتَس یہِ عادلؔ کرٛالہٕ وٲری
گُل پھٔلۍ نَے وتہٕ وتہِ لوٕ ہٲتی
گۆژھ خدایس ٲرمکھَے حوالہٕ ٲتی

# ییٚلہِ مہرازٕ ہوؤر سکھران چھُ

ہوؤر دڑاوے مہرازٕ لولو
با خدا دِل ہے گوم تازٕ لولو
کمہِ شانہٕ کمہِ اندازٕ لولو
با خدا دِل ہے گوم تازٕ لولو

یار دوست ٔستی وُچھتے چھِس ٔکتی
کمہِ چالہِ کمہِ اندازٕ لولو
با خدا دِل ہے گوم تازٕ لولو

لأل چھبسے پیاران لولہٕ سان ژھاران
پرِتھ سورمہٕ تے سازٕ لولو
با خدا دِل ہے گوم تازٕ لولو

یتۂ ہے رننۂ آو متجن تۂ پولاو
ٹاٹھی لاگی سَے باہ شبتھ واز لولو
با خدا دِل ہے گوم تاز لولو

منز پرستانے وزاوے جانا ے
وایان چنگہ تے ساز لولو
با خدا دِل ہے گوم تاز لولو

عادل یہ بوزان ڈالی تی چھُ سوزان
وِگنین ہنز آوازِ لولو
با خدا دِل ہے گوم تاز لولو



میائی زِلخت جگر فاروق احمد یمہِ سنز وانس ۸ وری تہٕ محمد یاسین یُس ترُوٚہراوس تہٕ پننہِ پننہِ وارِ پٹھ کینژھن کینژھ ھنے دوہن بیمار پیٚنہٕ کہِ بہانہٕ گئے روبس ٹاٹھی اِنّا لِلّٰہِ وَ اِنّا اِلَیْہِ رَاجِعُوْن ○ تہٕ دِلس تسلی دنہٕ خاطرِ دژاے میانہِ قلمہٕ نوٚم زِ مرثیہ گوڈنچہِ مرثی ہُند عنوان چھُ (جگر پارٕ تے) تہٕ بییک (ییہ کتہِ قرار وتم)

یٚمہِ انمانہٕ ے جگر پارٕ تے

ہا موتو کیٚاہ چھُکھ بے عار تے\
تھپہِ نیوتھَن میون جگر پارٕ تَے\
لولہِ باغک اوس مے آدن یار تے\
تھپہِ نیوتھَن میون جگر پارٕ تَے

شاند کھور گری گری اَخر کیٚتھہ نا دژاو\
نوبہارس یونہِ سونتَے ہرُد ژاو\
یہِ بولہِ وُن بُلبُل ہا گوٚو بیمار تے\
تھپہِ نیوتھَن میون جگر پارٕ تَے

کھنجہِ کرِنم پینجہِ میٲنے بیوٚٹھ ما
کیٲہ ملالے گوس توے مےٚ روٗٹھ ما
پنجرٕ پھٕٹرتھ ژوٚل مےٚ جانا وارتے
تھپہِ نیوتھَن میون جگر پاٖر تےَ

مول موج چھُس راتھ دوہہ مرثی کران
پوچھن مأسَن کرھنمازس اوٗش ہران
دم پھٕٹ گمتۍ زنتہٕ جگری یار تے
تھپہِ نیوتھَن میون جگر پاٖر تےَ

مرُن چونُے دوتہٕ دوتہٕ اسہِ گوٚو گرِتھ
خانہٕ مالیو یہِ نا أسی ہکہٕ ہوے ژٕرِتھ
گوٚبرٕ دادے چھُ اوٗ برس ووزٕ جار تے
تھپہِ نیوتھَن میون جگر پاٖر تےَ

مغفرت ووٚنۍ کٔرۍ تتھ رب الکریم
رأضی روزنکھ مالکِ عرشے عظیم
یُس چھُ ساری اُمتُک غمخوار تے
تھپہِ نیوتھٔن میون جگر پارٕ تے

عادلہٕ ووٚنۍ اتھ صبرس چارٕ کیاہ
سینہٕ ژٔٹنس کینہٕ رٔٹنس وار چھا
روب دیان چھے صبرس سبزار تے
تھپہِ نیوتھٔن میون جگر پارٕ تَے



# ییہِ کتہٕ قرار ونتم

اَز ہا روو آدنک سُہ یار
ییہِ کتہٕ قرار ونتم
وسہِ گوٚنڈنم مےٚ بسہِ نار
ییہِ کتہٕ قرار ونتم
بُلبُلن ہُند سُہ گلزار
ریٚشی وارِ منز پھٔلِتھ اوس
برجستہٕ بێیہِ شوٗبدار
ییہِ کتہٕ قرار ونتم
خوش لہجہٕ خوش گفتار
خوش خندٕ گٔرِتھ گوم
نرم دِل تہٕ شرم دار
ییہِ کتہٕ قرار ونتم
ہا موتو آوے نو عار
کران چھُکھ دون جُدائی

نہ چھُے انصاف نے عار
پیٚیہٕ کتہٕ قرار وَنتم

بُلبلہٕ پٔنن بولبوش
بوزناوتم مےٚ ما روش

مرُن چون زرُن دشوار
پیٚیہٕ کتہٕ قرار وَنتم

کم جانہٕ جانانہٕ راوان
یم اتھٕ چھٕ موٕر ناوان

بے وفا چھُے یہٕ سمسار
ییٚہٕ کتہٕ قرار وَنتم

عادلس ژٕ خاٗبی یکھنا
اکہٕ لٹہٕ دلاسہٕ دِکھنا

یکھنے مہ للہٕ وُن چھُ نار
ییٚہٕ کتہٕ قرار وَنتم

......☆......

میٲنہٕ گامُک روحانی بزرگ تہٕ عشقہٕ مثنوی گُل ریز ہنٛدس پایہٕ بڈس شاعر مقبول شاہ کرالہ واری صابُس میٲنۍ سلام تہٕ خراج عقیدت۔

# سلام

روشہٕ ہہے ژھالہٕ نیہٕ اُمی پوشہٕ مُتی
اُتی ؤنی زبس میٲنی سلام
کِتیاہ عاشق گیہٕ آرٕ گُتی
اُتی ؤنی زبس میٲنی سلام
ماٲنزٕ اَتھو چھن جامہٕ رٕنگہٕ متی
عاشقو کُری ہَس لولہٕ متہٕ لاے
ازلے اُسس نورٕنی پھُتی
اُتی ؤنی زبس میٲنی سلام
غوصہٕ ما گوس کینٛہہ توسہٕ گُتی گُتی
گل ریز ہاوِن تہٕ ترٲوِن ماے
جُری جُری تھاوِنَس پوش لوٕ ہُتی
اُتی ؤنی زبس میٲنی سلام
عجب ملکس تھاوِن نارٕ تٕتی

عشقہٕ تبہٕ مورُن دیو آفریت
اد نوش لبہٕ لٲگس یم پوشہٕ پھٲتی
ٲتی ؤنی زبس میٲنی سلام
پوش ہے لاگہس ئہ کارِ پٲتی
تارِ دِل کوٚرنم کتہٕ چھس جاے
قرنہٕ پھیٚر ییٚلہٕ گژھہٕ لاگس ئہ ٹٲتی
ٲتی ؤنی زبس میٲنی سلام
ڈٲلی زبس عادلن وۄننے یہٕ ٹٲتی
ییٚتہٕ وۄنتھ اکی کاژ کپٹن چھے
کیٚنژہہ تتہٕ بدلیہٕ کیٚنژہہ وُنہٕ مٲتی
ٲتی ؤنی زبس میٲنی سلام



# خراج عقیدت

ہاگل ریز ہِنڈِ عشقہٖ پیچانو
چھُم ار مانو وُچھہَے روِے

موے چاوٕ نأوِتھ پنہٕ نے دُکانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

عجب ملکس لوٗگتھ پروانو
سہُ عأش تے عشرت تراونو تھَن

نوش لبِ پَتھ اِدٕ گو دیوانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

راشخَس ستۍ تس اوسُے یارانو
ہردم اوسُس ستۍ آسان

دمہٕ دمہٕ گری نے زُلفن شانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

ژٕے تٕلہٕ نوٗوتھ واوٕ طوفانو
عشقہٕ دریاوس منٛز بوڈ ییہٕ ناو

ژٕے بوٗڈ لأگتھ ہأوِتھ ٹھِکانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

مَس ناز أسیے مَس بأگرٛانو
ناز مسہ وونٕنے چھَم سرِ بوج

راز اِدٕ کوٗرنے سورٕے بیانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

دیو آفریت ووت دیوان خانو
لرزٕ ستی الیہٕ کوہ بیابان

اکے تیرٕ پیوو پتھر سہٕ پہلوانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

نوش لب ژٕرتھن سورِ سامانو
أندٕ أندٕ لاگتھس یم گلاب پوش

حوش ڈوُل عاشقن وأتی پرستانو
چھم ارمانو وُچھے روے

ہٹہِ تلہِ موختہِ ہار نربن دسوانو
گُل بدن پرُی وأژ لأگھ درباغ

اِدِ نے باغ روُد نے بوستانو
چھُم ارمانو وُچھے روے

آرِ بٹھس پٹھ تار وایانو
آرِ کوّت مقبوٓل، یارباش اوس

امہِ خوُنِ جگرچ دگ للہِ وانو
چھم ارمانو وُچھے روے

مہرازِ مدنس ژےٚ کوّرُتھ شانو
کرالہِ وأر بونہِ شہجارس تل

سوے بۂنی أز چھے اوُش ہارانو
چھم ارمانو وُچھے روے

کیٚاہ ونہٕ کیٚاہ لکھٕ کیٚاہ کرٕ بیانو
وونی أسی زاگان چھِ أکِس اکھ

سأری چھِ وأقف کانٛہہ نا غأر زانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

لٹہٕ اکہِ یکھنا سونٛے میزمانو
عادلؔ ئہ کرٕ ہے لولہٕ متہٕ لائے

ژٔے نتہٕ اِدٕ کس ہا قدردانو
چھُم ارمانو وُچھہَے روے

......☆......

شأعرن چھےٚ گلریز مثنوی ہندِ بن تمام کردارن ہنٛز ذکر تمہِ انمانہٕ کٔرمٕژ زِ مثنوی ہندی سأری سین چھِ
أچھن برونٛہہ کٔن یوان لمہِ لیٚحازٕ چھُ مقبول شاہ کرالہٕ وأرس یہِ شأعرٕ سندِ طرفہٕ زبردست خراج عقیدت۔

# آزادصابٔنس خراج عقیدت

لول تیٚمی ہۄر لولہٕ باغس سُے گُلن منٛز آسہِ ما
لول آم کتھ جایہِ زاگس بُلبُلن منٛز آسہِ ما

ماے تیٚمی ئر لولہٕ سمیس نوبہارس رنگ ژٕرن
ہۄمبرن ءتی گژھ کران یمبرزلن منٛز آسہِ ما

عاشقن تیٚمی زۄنہِ گاشس ماٗنزِنم تھاٗوی ءتی رٕنگتھ
وٕنی دوان چھُس لتس ژۄپاٗری مسولن منٛز آسہِ ما

منٛز ونن تیٚمی جانہٕ وارن بولبوشس معنہِ ژور
سُے ہیتھ قمربن تہٕ کستوربن جلن منٛز آسہِ ما

آےٕ تیٚمی دیٚت سبزٕ زارن آبشارن تہٕ گُلشنن
ماے لاٗگتھ منٛز نشاطس سنمبلن منٛز آسہِ ما

لولہٕ کیٛمن منزلن پٕکتھ ییٚمہِ انقلابس ناد لوے
مأری موٚند تمہِ سُنٛد قلم ووٚنی مرحلن منٛز آسہِ ما

ناو ییس آزاد پٔزی پأٹھی یاد کرِ عالم تٔمِس
داغِ دِل تھاوِتھ گوٚمُت سُے ریزلن منٛز آسہِ ما

چاوِ ییٚمہِ بوٚر لولہٕ باغَس پوشہِ چمنن رنگ دِتُن
سونتہٕ سُلہِ سُے نغمہٕ لیکھان سنجہِ ڈلن منٛز آسہِ ما

واوٕ نِکھنا آزادَس عادلَن نظرانہٕ تے
خارٕ تھأوِتھ سُہ مارٕ موٚت آرٕ ولن منٛز آسہِ ما

کأشرِ زبأنی تہٕ ادبکس بہلہِ پایہِ شأعرتہٕ نقاد عبدالاحد آزادس عادل کرالہٕ واٗری سُنٛد خراج عقیدت

# ژارِشریفکِس ٹاوُن ہاکَس منٛز

۲ جون ۲۰۰۷ ءآو ژارشریفکِس ٹاوُن ہاکَس منٛز آزادصابنہِ ناوٕ اکھ پُروقار سیمنار منعقد کرنہٕ یِمک سنٛز کلچرل فورم ژوٗڑر، فیلڈ پبلسٹی یونٹ ژوٗڑر، کلچرل اکاڈمی سرینگرتہٕ ریڈیو کشمیرن یکجاہ کوٚرمُت اوس۔ اَتھ سیمنارَس منٛز گر باقی لۆکو علاوٕ واریاہو بہلہٕ پایہِ تہٕ قدآوار شاعروتہِ شرکت یِمو آزادصابنہِ شاعری پیٛٹھ پننس پننس اندازَس منٛز باوتھ گر۔ تِمن منٛز آسی کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ سکریٹری جناب رفیق معسودی جناب غلام نبی گوہر، جناب ظفر اقبال مہناس، جناب بشیر عارف، جناب پروفیسر بشر بشیر، جناب غلام حسن غمگین تہٕ جناب ناظر کولگامی صاب شامل۔ امہِ پتہٕ آو اکھ رنگارنگ پروگرام تہِ ہاونہٕ یُس سبٕتھاہ مأری موندتہٕ خوش یِوُن اوس خاصکر یِیلہِ مرحوم غلام علی مجبوٗرنہِ اداکأری منٛز لگہٕ ارساتن بانڈ پأٹھرتہٕ ڈرزٕ پأتھر وُچھ کینٛہہ متہٕ ؤنی تو اِنسہ روٗدُکھ پانس تام امہِ پتے یِیلہِ مُدرتہِ میچھ آوازِ منٛز ژوٗڑرکی گلوکار فیروض احمد شاہ صابن تہٕ تہٕندِ ہو سأتھیو آزادصابُن کلامہٕ گیوٚتہٕ رنٛز نووکھ لُکن ہنٛد دِل زَن تہِ آیہِ سأری محفل وولسنس تہٕ آخرس پیٛٹھ سپز

اکھ شعرٕ محفل یتھ منز زار شریفس أندی پکٕی علاقہٕ کیٛو ناماوار شاعر وحصہٕ نیوٗ یمن منز أسی جناب نثار احمد دلدارؔ، جناب عبدالرحمٰن لطیفؔ، جناب عبدالرحمٰن سکندرؔ، جناب ڈاکٹر بشیر غمگین زوہامیؔ، جناب اسداللہ اسدؔ، جناب محمد عبداللہ عارجؔ، جناب پیر غلام محی الدین باروہ، جناب غلام محی الدین رانگرتہٕ ئہ ناچیز عادلؔ کرالہٕ وأرؠ شأمل۔

دُیک پروگرام اند واتنہٕ بروٗنہہ کوٚر کلچرل اکاڈمی سرینگر کہِ طرفہٕ ڈاکٹر سعید افتخار صأبن تہٕ مشہور معروف براڈ کاسٹر تہٕ ترجمہٕ کار شمشاد کرالہٕ وأرؠ بلترتیب گوڈنکس تہٕ ڈیٖمس شپٹس سٹیج نظامت تہٕ شمشاد کرالہٕ وأرؠ وۄن ووٚنی یہِ آزاد صأبن دوہہ تہندِس آبأیی گام رانگرس منز انشااللہ بڑٕ شانہٕ وشوکتہٕ سان مناونہٕ تہٕ أتھی ستی ووت یہِ شاندار پروگرام تہِ اند تہٕ اتھ شارٕ محفلہِ منز یُس نذرانہٕ مےٚ آزادؔ صأبس لیکھ سُہ چھُ ییٚمہِ تراوِ۔

بُلبلا کتھ لولہٕ باغس منز بہتھ جانانہٕ میون
گرٛھتہٕ وٕلی ونٛتس ژٕ چھکھ یتھ محفلہِ میٛز ملنہٕ میون

أمی قدآور شأعرن وُچھ انقلابس نادلووے
خونِ دلہٕ ستی نغمہِ لیکھان کیاہ چھُ غزل خانہٕ میون

پوشہِ باغَس سگ دِتُے تیٚمی پوشہِ ٹور بن لول بوٚر
پوشہِ وارِ منز آسہِ ماسُہ پوشہِ موٚت مستانہٕ میون

نیر بن نین تے وِیرِ وارن سنجہِ ڈارن ہُنٛد سُہ یار
گتھ کران ما آسہِ سُے اَز پتھ ونن پروانہٕ میون

از عاشقو وُچھ معشوقہٕ ہیے دامٔنس پأراو کوٚر
مرحبا صد مرحبا شوٗبی تمن شکرانہٕ میون

عادلہٕ یِنہٕ گژاو تھاوکھ ناولتس آزاد چھے
وژھہِ وأنجہِ پیش کری زبس لولکٕے نذرانہٕ میون



# رانگرس منز آزاد صابُن دوہہ

حسب پروگرام ۱۸ جون ۲۰۰۷ ءٔ ژندرواریٚ دوہہ آو آزاد صابُن دوہہ تہٕندِس آبائی گام رانگرس منز بڑٕ جوش وخروش سان مناونہٕ یتھ منز لوکن ہنٛدی اکھ بڈٕ تعداد ن شرکت کٔر۔ اتھ موقس پیٹھ آسی خاص پٔرٕھی ہنٛدِ حیثیتہٕ ریاست جموں و کشمیرٕ کی وزیرِ خزانہ جناب عبدالرحیم راتھر صاب یِم امی حلقہ انتخاب ژارِ شرایفکی ممبر اسمبلی تہٕ چھِ۔ باقی زی وبقار مہمانن منز آسی بڈگامٕکی ضلع ترقیاتی کمشنر جناب محمد رفیع، کلچرل اکاڈمی ہنٛدی سیکریٹری جناب رفیق معسودی، جناب ظفر اقبال منہاس، جناب شمشاد کرالہٕ وٲری، جناب غلام نبی گوہر تہٕ جناب غلام حسن غمگین صاب تہٕ موجود۔ کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ طرفہٕ آسی کشیرِ ہنٛدی ناموَر فنکار جناب منظور احمد گنائی تہٕ جناب منظور احمد شاہ صاب پننٛی پننٛی ساتھی ہیتھ سٹیجس پیٹھ موجود یِمو پننہِ مدرتہٕ میٹھ ہٹہ آزاد صابُن کلامہٕ گیوٲن گیوٲن لوکن نِش دادِ تحسین پرٛوو۔ گیونہٕ پتہٕ کوٚر ذی عزت پرٛھو آزاد صابنہِ شاعری پیٹھ پننِس پننِس لہجس منز اکھ خاص تہٕ معنہ سوو خلاصہٕ امہِ آیہِ پیش یِمہِ ستی بوزن والین آزاد

صأبن قد آور شخصیت زنتہٕ أچھن تل أس گتھ کران۔

امہِ وزِ أسی سٹیج نظامت ڈاکٹر سید افتخار صأب کران بیٚیہِ اوس
اتھ موقس پیٹھ اکہِ طرحی مشأعرُک تہِ سنٛز آمٕت کرنہٕ یِس آزاد صأبنہِ کلامہٕ منٛزٕ
ژارنہٕ آمٕت اکھ شعر اوس۔

ژٕ اوسُکھ گاٹہٕ جارُک نۆر ژٕے لوگتھ نار انسانو
گٔرِتھ انسأنیت بدنام ہتو بے عار انسانو
(آزاد)

وَق ژیر لگنہٕ موکھ تہٕ معزرتھ منٛگھ آ وصرف ترٛہن شأعرن اتھٕ
طرحی مشأعرس منٛزٕ حصہٕ ہنٛگ موقعہٕ دنہٕ یمن ترٛین شأعرن منٛز زون
مےٚ پنٕن پان خوش نصیب زِمےٚ ہِوس ناچیزس تہِ آو یہِ موقعہٕ دنہٕ۔ بیٚیہٕ
أسی مےٚ ٕستی جناب عبدالرحمٰن لطیف تہٕ رانگرِ کی روزن وأ لی جناب
شمش الدین۔ اتھ موقس پیٹھ یم شعر میہ پٔرِ تم چھِ یتھٕ کٔنی۔



ژٕ اوسُکھ پوشہٕ باغُک گُل بنیوکھ کیازِ خار انسانو
نہ چھےٚ نرمی نہ چھےٚ انصاف نہ چھےٚ کانٛہہ عار انسانو

بجرزاتن وِڑوے پزی پاٹھی وہنڈنی اسی ژنے سأری ٹاٹھی
ژ پنہٕ نبن کبو پردٕبن چھُکھ کران لارٕ لار انسانو

چھُ یُس پوشے چمن آباد کوٗرتھ پنہٕ نبو اتھو بُربادٕ
ژ پنہٕ نِس أکسے پانے چھُکھ کران لُرٕ پار انسانو

بنیو کھ کوتاہ ژ تُنڈ تے تیز زبان چأنی چھِ زن اہریز
گنڈان چھُکھ ٹے بنان انگریز چھکان چھُکھ نار انسانو

دِلس چأنِس چھے اُلجھو کھٕے نہ بدلیو کینہہ نہ ٹوٹھیو ےدٕے
نیت ما کانسہِ پیٹھ رٕ ژ چھے بنیو کھ کلمار انسانو

نہ چھے کانہہ خوف نہ چھے کانہہ ڈر نہ خوٗنے زن رگن اندر
فقط آسنی گوٗھی دیارن ہشدی امبار انسانو

وِڑوے طاقت ربن بے شک دپیوؤنے سیزتہ پڑوتہِ پکھ
مڻاون ژے ہیتھ ناحق درو دیوار انسانو

ژِ چھکھنا بوے بأیس پیٹھ کران لالچ کڈان لتس ٹٹھ
پتو بے دردِ پأٹھن چھکھ ٹُلان تلوار انسانو

ژے آزادن ونیوے کرتام یہِ انسانیت مہ کر بدنام
چھُ عادلؔ پانہِ خامے خام یہِ گوٗو گٹہِ کار انسانو



# ساقیؔ صأبنِس یادس منٛز

موتی لال ساقی صابُن گام موہنوٗرتہٕ میون گام کرالہٕ وٲرچھُ پانہٕ وٲنٕی مساأو ڈکلومیٹر ہیوٚ دوٗر۔ساقیؔ صأبنٕی قأبلیت تہٕ زہانت نظرِ تل تھأوِتھ سوٗزس ئہ پٔنٛژ مہِ جمأژ منٛز پٔننی بابہٕ صأبن تٔمن نش پرائیویٹ تعلیم پرنہٕ خأطرِ تہٕ سُہ سلسلہ رُوٗد مےٚ أٹھِم جمأتھ پاس کرنس تام جأری ییمٕک وأقف کارمیون رفیق بیا کھاکھ بہلہٕ پایہٕ شأعر جواہرلال سرورؔ صأب چھِ یم أمی گاہکی روزن وألی آسنہٕ کِنی موتی لال ساقیؔ صأبس نِش تقریبأً دوہے آسان أسی۔توے چھِ مےٚ ساقیؔ سأبن تمہِ مایہِ تہٕ ملرشارکہِ مٔدرِ مسچ تراوِتھ زنتہِ اچھن شہجار پھران تہٕ ساقیؔ صأب ییٚلہِ ییٚمہِ دنیا دژاے تہٕ اوٚش دارِوسان ییٚلہِ یاد پیوم سُہ میانہِ لوکچارُک رفیق یُس پٔننی عالیشان پینٛڈ پرن ترأوِتھ دلہِ منٛز مےٚ ہتی ملاقات ورآےٚ ہمیشہِ ہمیشہِ خأطرِ ژھٔینہٕ گوٚ تہٕ قلمس لٔج زیرتہٕ ووٚنمس:

چھُم ساقیا مےٚ چون سُہ لوکچار أچھن تل
ہیٚیہِ چانہِ لوٗلُک مأری موٚند گفتار أچھن تل

یارن رفیقن دوستدارن جانثارن ءِستی
چھِم محفلن ہِندی ءَ کتی تم دربارأ چھَن تل

ڈبکہٖ بجہِ ماجے چالنہِ رؤ چھُمت چھس ءُبہ و چھس مثز
لچھِ ناوِنے پوشہِ ناوسےُ امارأ چھَن تل

چھسم یاد یوان چانہِ امہِ مندورِ ہثز کنویر
چھِم گریشمہٖ کالکہِ ٹاوُرک شہجارأ چھَن تل

مدمأتی غزل چأنی ءِ کتھن رنزٖ ناوان دِل
محمد خلیلنہِ ہٹہِ قوألی مزٖ دارأ چھَن تل

مقبولِنسَ اتھ آستانَس گتھ کران اوسُکھ
روزِبم مےٗ دوہےَ چون سُہ مِلوارأ چھس تل

دُنیا چھُ آخر بے وفا چھُنۂ کائنسہِ پیٚتہِ روزُن
بس روزِ اگر روزِ یارس یار أچھن تل

امہِ چانہِ بجرُک عادلسؔ تصویر دِلس منٛز
گھتہِ چھِم کران مےٚ چانٛہٕ مٕدری شعار أچھن تل



# عبدالغنی نمتہٕ ہاٗلی صاٗبس میون خراج عقیدت

۸ ماہِ ڈسمبر ۲۰۰۱ ءبٹہٕ وارِ دوہہ سپُد نمتہٕ ہاٗلی صاٗب یٖیمہِ دنیا روخصت اناللہ وانااللہ راجعون، نمتہٕ ہاٗلی صاٗبَس سپز آخری جاے حضرت احمد شاہ پادشاہ ولیؒ ہَن ہنٛدِس آستانہِ عالیاہَس منز نصیب یہٕ آستانِ شریف چھُ ژوڑرس نزدیک ہانٛز گوٗنڈ واتھور سڑکہِ ستی واقعہ۔ نمتہٕ ہاٗلی صاٗب اوس لوکچارٕ پیٹھے اتھ آستان شریفس لول بران آمُت تہٕ باقے تعمیری رول ادا کرنہٕ علاوٕ آسی نمتہٕ ہاٗلی صاٗب ہتہٕ بدٕہن زاٗ ریپنن ہنٛز صولیژ باپت پنُن قمتی وَق آیتن تھاوان۔ اُتھٕ متبرک جایہِ ہنٛدِس صحنَس منٛز سپز نمتہٕ ہاٗلی صابن الوِ داٗئی تقریب منعقد۔

اَتھ موقس پیٹھ کوٚر واتھور کھو مشہوٗر و معروف فنکار و سرینگر دوردرشن تہٕ ریڈیو کشمیر سرینگر کھو بہلہِ پایہِ شخصیژ ونلاو دٕ ردٕوٗ رجایو پیٹھ یتھ پہنٛد بو دوستو رفیقو سان لکہٕ ارساتن اتھ تقریب منز شرکت نمتہٕ ہاٗلی صاٗب لوکچارٕ پیٹھٕ مہک میون اکھ وفادار تہٕ ہمدرد آسنہٕ موکھہٕ إٓ مےٚ ناچیزس تہٕ اتھ موقعس پیٹھ تمن پننہٕ طرفہٕ خراج عقیدت پیش کرنُک موقعہ دنہٕ یُس مےٚ یٖیمہ آیہٕ پیش کوٚر۔

# برس تل

اسہِ روو دِلبر دِل گوو گیرو
پیرو اَز مرید چھے برس تل
راہِ راست ہاوِی زبس باوِی زبس سیرو
پیرو اَز مرید چھے برس تل

احمد شاہ بادشاہ خاصہِ أمیرو
پونپرِی ہِندِی پاٹھِی گتھ گرِی نَے
زوُنُن یہِ دُنیا چھُنہِ جائگیرو
پیرو اَز مرید چھے برس تل

لولہ چانہِ تَس ئُج زخمن زیرو
دوہہ راتھ روٗزِس چائِنی کل
نظرے چانہِ ہِتی گوس تاثیرو
پیرو اَز مرید چھے برس تل

عاشقن ییٚلہٖ ژوٗل عشقُن تیٖرو
معشوق لاٗ گِتھ ڈِژ تھَس جائے
تعشوق چون گوس چاٗوِ زبن شیٖرو
پیٖرو اَز مرید چھےٚ برس تل

نمتہٕ ہاٗکی صاٗبن خاصہٕ مُشیرو
پاسہِ مولا رٗڈِ زبن سایس تل
مغفرت گٗرِ زبس پیٖرن ہِنٛدِ پیٖرو
پیٖرو اَز مرید چھےٚ برس تل

منٛز لولہٕ سازس باٗوِ نے سیٖرو
موختہٕ ژٗرِ ژٗرِ اَمِ پوٚختہٕ کارن
یہِ عادلؔ ونہِ کتہِ ساٗری تفصیٖرو
پیٖرو اَز مرید چھےٚ برس تل

......☆......

# خراجِ عقیدت بحقِ فاریق بڈگامی

فاریق بڈگامی یم نہٕ کُنہِ تارٕفکی موحتاج چھِ تکیازِ تم ٲسی اکھ عظیم گونماتھ آسنہٕ علاوٕ سٹھاہے شریف النفص تہٕ باقین ہندی قدردان یم سپدی ۲۹ مہِ جنوری ۲۰۰۴ ءبودھوارِ دوہہ اسہِ نشہِ ہمیشہِ ہمیشہِ باپت روخصت انا اللہ وانا اللہ راجعون۔ فاریق بڈگامی صاٮ۪بنس جنازس منز گرٲکی بڈی بارلکہٕ ہجومن شرکت یمن منز شاعر ،فنکار، أدیب تہٕ باقے ناماوار شخصیژ موجود آسہٕ۔ فاریق صاٮ۪بن ٲخری قیام گاہ چھُ بڈگامہِ حضرت آغا سید الموسوی الصفویؒ ہندِس آستانِ عالیس بروٗنہہ کنہِ۔

فاریق صاب ٲسی میٲنی سٹھاہے قریبی دوست تہٕ مےٚ ناچیز ہندی سٹھاہ قدردان ۔مےٚ تہٕ اوس تہندِ حدٕ روٗس احترام ۔اللہ تعالیٰ گرینکھ جنت الفردوس عطا" آمین"،ثُم آمین ۔بٕہ کتہِ لانہٕ تم الفاظ یمو سٟتی بٕہ تمن خراج عقیدت ادا کرٕ وونی لیوکھُم بخشیتہٕ دعا تہند ناوٕ یمہِ اندازٕ۔

## سوٗنے یارتے

آغہٕ چاٮ۪نس اتھ بٔرس تل آوٕ سوٗنے یارتے
داغِ دِل تھاوِتھ سُہ اسہِ نش دژاو آخرکارتے

مہربان تس پانہٕ رٕوزی زو بۄزی تو سون التجا
پوشناوی زیوس اتھ روحس پٹھ دوہے مشکٕنی دار تے

ژھبنہٕ ژھنٛدے یتھ دلس دُبرائے گیہِ بے وایہِ پأٹھی
رووا سہِ اَز مأری مۆند گونماتھ تہٕ قلم کار تے

لولہٕ باغُک بولہٕ وُن بُلبُل ژٕلتھ بیوٚتھ دوٗر اَز
یام بۄزُم تام جگرس زَن مےٚ گو پُژٕ پار تے

مسولن، یمبرزلن بنیہِ عشقہٕ پیچانَن انٛدر
جایہِ جائے محفلن منٛز فاریقن دربار تے

وُچھتہٕ رووا اَز شأعرن ہنٛزِ شأعری ہُنٛد باب اکھ
شأہدٕن زیتھ بوزے رووا اَز رأہی یَن دلدار تے

یار دوس ترأوِتھ چھُ نیرُن کانسہِ ییٚتہِ روزُن چھُما
وارِ پنہٕ نے سارِنٕے واتُن چھُ اند مزار تے

گُل پھٔلِنۍ أہندس مزارس مغفرت کٔری نس کٔریم
جایۍ جنتس منٛز بٔنِن تَس بیٚیہِ دِلَس شہجار تے

عادلہٕ وُچھ دوس چونٕے اوس بڈگامے بسان
ونتہٕ ازکتھ جایہِ لیکھان چھُم سُہ مٔدری شار تے



# تس چھُ ثائنی ناو

ماسہ وُچھون یارِ جائنی تَس چھُ ثآئی ناو تے
اوس یکسان پانہِ وأنی تَس چھُ ثآئی ناو تے

پلپہِ بوٚ ڈُسہ ملیہِ وۄلمُت زنتہِ پھولمُت اوس گلاب
یہِ کرالہِ وأریس رازدأنی تُس چھُ ثآئی ناو تے

لولہِ چمنن سازگری گری ژاویس باغس اندر
دژاوسے واپس روأنی تَس چھُ ثآئی ناو تے

خوش کلام عبدالسلام سون اوس شأعرشوٗبدار
اَزنذاکت تہِ جاویدأنی تَس چھُ ثآئی ناو تے

لولہِ زُلفن شانہِ کران پانہِ موٚت شہزادِ اوس
ڈبکہِ ٹِکہِ لفظن گرأنی تَس چھُ ثآئی ناو تے

ژ و وتیمہِ دُنیاتہٕ تھوٗن یاد بس رب الجلیل
زون تیمہِ دنیا چھُ فانٔی تَس چھُ ثانٔی ناوتے

دوٗر گواسہِ نشہِ تہٕ دوٗر بر تہنٛدِ پہو دُشوار زرُن
یُس کران اوس غزل خانٔی تَس چھُ ثانٔی ناوتے

عادلہٓ بس دعا چھُ میونُے مغفرت کرنَس کریم
سوے چھےٚ روب ہنٛز مہربانٔی تَس چھُ ثانٔی ناوتے



# ژما آکھ

تھچہِ نظرِ ژےٓ گُن وِچھی وِچھی دوہہ ڈؤل تۃِ ژما آکھ
أچھ پوٓتنی مےٓ گیم طوطہِ تۃِ گوٓو کوٓل تۃِ ژما آکھ

پِنہِ چانہِ کُے سنز عشقہٕ پہچانس تۃِ خبر چھےٚ
تمی شوقہِ چانے پان رزِ پپٹھی وؤل تۃِ ژما آکھ

وِچھ تازِ یاوُن میون اوس ہاوُن تۃِ باوُن ژیٚنے
مُژی جیلِ ڈٕلی گُپکاری سُہ وُچھ ژؤل تۃِ ژما آکھ

پیٚلہِ جانوارو ڈٕری گنڈی تۃِ ہُری وٕنی چانہِ امارے
أمی لولہِ کوٓستوٗری نافہِ پانس موٓل تۃِ ژما آکھ

وونی دورِرکی أمی لولہِ نارن ریٚہہ گنڈ تۃِ جگر زول
دوڈُے ہُریو تمہِ ستی سُہ مابوٓل تۃِ ژما آکھ

کیٛاہ چھے ملالے ونتہٕ مےٚ کیٛاہ راہ چھُ کھوٚتمُت یوٗت
میٛے چانہِ بڑاندُک سوٗر رویَس موٚل تہٕ ژٕ ما آکھ

راہ چھے نہٕ کانٛہہ نٔے کھالہٕ بہٕ کانٛہہ گلہٕ زمانٔس
چھُم ازلٕسے شاید مےٚ قسمتھ ہوٚل تہٕ ژٕ ما آکھ

وۄنٔی چھُم مےٚ بَس ارمان یتُے یِکھ مےٚ شاندَس پیٛٹھ
نتہٕ روزٕ ونان تایہِ مےٚ جگر توٚل تہٕ ژٕ ما آکھ

چھَم چأنٔی سبٹھاہ آش بہٕ ماروزٕ ژےٚ نِش دوٗر
توَے عادلَن ما چون دوربر چھوٚل تہٕ ژٕ ما آکھ



# اماشوُژرسُہ گووکوّت؟

......(۱)......

خودا وندِ ئہ چھس دست بستہِ روُزِتھ
گرٕھکھ نا میاٗنی اکھ عرضی ژِ بوُزِتھ
منگُن میونُے تھوکھنا اَز ژِ منظوٗر
یہِ جہالت تے حسد کر سارِنے دوٗر
چھِ ما ووٗنی ءکہنی زیٹھ یا کوٗنس مانان
چھِ ما ووٗنی اکھ اَکس اَسی قدر زانان
چھِ ما زانان کیاہ گوّو وعدِ پالُن
فقط زانان چھِ اَسی دستار والُن

......(۲)......

لگان حاجتھ کران تیٚواہ عاٗجزاٗری
ونان گرِ چھِم پریشان باٗژ ساٗری
کڈان حاجتھ ییلہِ کانہہ کانسہِ ییتہِ چھے
دِوان ادِ معاوضہِ سُے تتھ بدل چھے

کران شکرانہٕ گیٹس تام نیران
اَتی پیٹھ کاثھہ نتہٕ کاثھہ صیغہٕ شیران
وقت گذرِتھ ییٚلہِ واپس منگان تس
پرن پادن پہوان مِنتھ منگان بس
گذاران ییٚہِ امہِ ستی کیہٕ نژھ کالا
سلاماہ دورِ لأیتھ کران سوالا
ندامت سان ونان اَز یتہٕ ژٕ سونٔے
چھُ بأژن سارنٔے سٕخ لول چونٔے
منگِتھ واپس یہِ کیٚنہہ تمی نیومُت آسی
أتی پیٹھ شکل چأنی تس سہُل باسی
توٚے وونمُت چھُ دیُن گٔے دلاوأری
پتے واپس تہِ ہوٚن چھے جودوگأری

......(۳)......

خوداین اوس تھومُت ییٚتہِ نظارا
ژوپأری سبزٕ زارا تہٕ آبشارا
گرٕ بزان ییٚتہِ آسہِ کولہٕ پرٕتھ محلّہ منزی

بنا یکھ لرِ تتھ پٹھ ین نہ گربڑی
گرک گائک یہِ بدرو آبس رلوُوکھ
موٗکُر سُے آب بنم ہمسایہٕ کھیأوکھ
بےٚ قدری چھی کران ہر جایہٕ آبس
چھِ کِتیاہ دِل لگان امہِ ستیٚ عذابس
گرٛھان ما کأنسہ چھےٚ انصاف اکھ دأنی
کران اولاُدِ آبس تم چھِ مانہٕ مأنی
یہِ پکوٗن آب جأری اوس دوہہ راتھ
عمل سأنی کربس بنٛد واتہِ سُہ تہٕ ساتھ

......(۴)......

وُچھو ییٚلہِ آسہٕ ییٚتہِ تیٚلہِ وتہٕ وارا
سنو ییٚلہِ خأر بوٚد اوس مرگذارا
تہٕ سُومکھ پٔنہٕ پٔنٔنی آیہِ تھووکھ
رلأوِتھ پرٛنہٕ ستیٚ تعمیر بنوُوکھ
دٕژکھ کُنہٕ جایہِ ماواہ قبضہٕ باپت
ونکھ کأنہہ تس متن زن جنگلی ہاپت

وُچھو ییٚتہِ ما مزارن پبٹھ تہِ آکھ عار
ئُرکھ حصۂِ باگنے زن أسی گُلمار
یمو ییٚتہِ مقبرے ہنہِ ہنہِ ختم ئُری
کرن ما کاٹسہِ کیٹھہ تِم پانٔسے فُری

......(۵)......

چھِہِ ما سُونچان دلس گرٹھِ ژھاے کاٶسنز
یہِ وتھ گرٹھِ سانہِ بروٹھہ گُن تہِ ٹھیک آٶسنز
لُگُن ہِنٛدی مٔژی اگر گرٕ گاأڑی واتبھ
سو بروٹھہ گُن گرٹھنہٕ نیرٕنی تتھ تلن کربھ
تھون دۆند آورِتھ وَتھ تنگ بناون
دپن ؤسی جائے پیٚیہِ اسلام ہاون
دوہے رژھِ رژھِ یہِ پکہٕ وِنی وتھ ژٹأنی
سو رژھ پٹھن آنگنن ٶستن وٹأنی

......(۶)......

اگر کاٹھہ کأٹسہِ ٶستی یارانہٕ لاگی
سُہ خأنی آسہِ ما کُنہِ کامہِ زاگی

تُکن اتھٕ تھوٚد کرن تأریف وارا
یہِ دوٗربر چون کتہِ زرٕ میٖانہِ یارا
نِنے پرٕبتھ اندٕ پوتر پننہِ آئے
کرن لالچی برن نا کانٛہہ تہِ وائے
پٔن مطلب نیر بکھ چھکبھ گرٛہان ژھائے
دیان اِدٕ اوس اسہِ یہِ پترِیتگ نیائے
یٖمن ما اکھ زرا چھے یاد روزان
کچل باہ ترٛوک کران یوٗرک نہٕ بوزان
کران چھی روخ بیس کُن چھنہٕ لگان تأر
کھران چھکبھ کتھ کرٕنی ہوکُن پھِران کأر

......(۷)......

یتیٖمن بے کسن بے بس شریکن
کری یُس کھش پری سُے وعظ لوکن
مےٚ ونتم کیٖاہ سہ دیانتدار آسی
بٕنتھ کھڈ پنچ بیٖن کیٖاہ نیائے کاسی

ونہٕ یُس پوٚز تِمس پرٕتھ کاثہہ چھُ گیلان
زران چھِنہٕ کینٛہہ أندری چھُکھ نار تیلان
اَزروُن چھُکھ تس سُنٛد یُس آسہِ آباد
أچھوءٚ ستی کھٔس کتھوءٚ ستی ۂس تِمس داد
فرق ما چھےٚ زنٛنن مردن ٹرن منٛز
ولیکن چھےٚ فرق کینٛژَھن گرن منٛز
چھِ خصلت ئژ تِمن جاہٕل زنانن
چھِ لاگان خواہخواہ پھٔنڈ پٔنٛژھ دُکانن
لڑاین گوڈ بران بروٚنٛہہ چھِ نیران
لٹر تے لانٛز ۂتھ وتٕنے چھِ پھیران
چھےٚ مردس کتھ کرٕنی ژٕنی بروٚنٛھٕ نیری
پٕنٛنی پأٹھی سو نیاِیس جاے شہری
کران اکھ گاڈ چھے گند تالابس
پھوان اِدِ سُے اثر چھےٚ پورٕ آبس
......(۸)......

اگر کانٛہہ دردلہ اتھ کرنہٕ باور
مہ کھۄژن پۄز زۆنن تس روب چھُ یاور
پُزِس چھنہٕ خوف کانٛہہ نے تتھ چھُ کانٛہہ ڈر
پۄز اگر لگہِ ٹیوٹھ کأتسہِ تی چھُ بہتر
کرن تحقیق وُچھن کاسن دلس شک
پتو فیرن وُچھنۍ کیٛاہ حق تہٕ ناحق
کران چھس التجاء أزکین جوانن
اگر کینٛہہ آسہِ جائیز سوہَن مانن
بۄن تم لول أکِس اکھ پانہٕ وأنی
تھۆون منتھ کٔرن سوے مہربأنی
حسد ترأون تھأون دِل صاف پانس
کٔرن تعلیم تِتھی پُرِ بتھ اہلِ خانٔس
کٔرن تی رأضی یتھ آسہِ موج تے مول
رٕچھنۍ تعظیم زِٹھین ٕکنسٕن ئرن لول
وُچھن تم جان تے نا جانِ کیٛاہ گو
وُچھن تم ییٚتہِ یہِ حق الناس کٔمی کھو

خودا بۆزِن تہٕ گرۍ نکھ رُت ہدایتھ
ئہ دنیایم تہٕ چھِکھ گرٕ بأژ تمن ہبتھ
اگر ییٚمہِ یور سُے رٕژ وتھ تہٕ ہایکھ
سُہ پانے پرٕبتھ أکِس محفوظ تھایکھ
دلن پنٕہٕ تمن گوڈے ہنہٕ ہنہٕ تلن کھے
شدادُن دم نہ رۆد ییٚتہِ حاتم طے
یہِ دنیا اَز نہٕ پگاہ ییٚتہِ چھُ تراوُن
ووٚنی کتھ پٹھ کانسہِ ییٚتی ییٚتہِ راوِ راوُن

......(۹)......

عُمر ضایہِ گرم ووٚنی کھیوم افسوٗس
مےٚ حاصل گونہٕ کیٚنہہ یامتھ یہِ دوہہ لوٗس
بہٕ پاسے محمدؐ عفو کر خدایا
چھُ ما اسہِ لتن سوا بیٚیہِ کانہہ تہٕ سایا
کرکھ یۆدوے عفو اَز گونہگار سے
چھُ کیٚاہ غم اِدِ پھولن گُلزار نار سے

......☆......

# ییٚلہِ ئہ رِیٹائیر گوس

۳۱ اگست ۱۹۹۷ء کہ دوہہ گوس ئہ پننہِ نوکری ہُنٛد معیاد پوٗرٕ کرنہٕ پتہٕ ریٹائیر۔ امہِ وزِ اوسس ئہ گراونڈ واٹر پرٕ کرومنٹ ڈوجن سرینگرس منٛز بحثیت سینیر اسٹنٹ کاٗم کران۔ امہِ وقتہٕ اوس اسہِ اکھ سےٚٹھاہ جان مہنتی دیانتدار تہٕ غریب پرور افسر ییٚمی سُنٛد ناو جناب میاں مشتاق صاٗب اوس تہٕ اُمس رٕتس افسرس ماتحت دِژمٕ قریباً شیٚن ؤریین پننٛز ڈیوٹی انجام۔ میانِو ساتھیو کوٚر اتھ موقعس پیٹھ رٕلتھ مِلتھ میانہِ باپت اکہِ الوداعی تقریبہِ ہُنٛد سنٛز۔ یَتھ منٛز چائے پارٹی ہُنٛد بندوبست اوس کرنہٕ آمُت تقریبہِ منٛز گرمیاں مشتاق صاٗبس علاوٕ تقریباً ساری فیلڈ سٹافن، ریگولر سٹافن تہٕ باقیو افسرو تہٕ شرکت امہِ علاوٕ گرٕ اَکھ قابلہِ احترام پروفیسر جناب محمد شعبان میر صاٗبن تہِ اتھ تقریبہِ منٛز شرکت یُس ساٚنی افسرن دعوت گرِتھ اوٚنمُت اوس۔ پروفیسر محمد شعبان چھِ میاٗنس ہمسایہِ گام ہونزِس منٛز روزان۔ اتھ موقعس پیٹھ کوٚر ییٚمو تہِ اکھ زیوٗٹھ تہٕ میوٗٹھ تقریر یَتھ منٛز میانہِ باپت سےٚٹھاہ حوصلہ افزاٗیی اٚس۔ آخرس پیٹھ ہیوٚت مےٚ سارنے مہمانن کھوٚساتھین ییٚم اتھ الوداعی پارٹی منٛز شریک سپدی ہتی اٚسی وژھِو اَنجہِ رو رخصت تہٕ پتہٕ پرٕم کینٛہہ شار ییٚمن بوزن والو سےٚٹھاہ داد دِتی۔ شعر اٚسی ییٚمہِ انمانہٕ۔

# یہِ چھےٓ واٗری لگے

متہِ وُچھتہِ مےٓ کُن تئو ٹاٗری لگے
یہِ چھےٓ واٗری لگے یہِ چھےٓ واٗری لگے

ییٚتہِ نیرن اکہِ اکہِ ساٗری لگَے
یہِ چھےٓ واٗری لگَے یہِ چھےٓ واٗری لگَے

ییٚتہِ دفتٔری اٗسی کم کم انگریز
ییٚتہِ وتم کَس پۆشی کُرسی تہِ میز

تِم ہاٗرِتھ بیٹھی زن زاٗری لگَے
یہِ چھےٓ واٗری لگَے یہِ چھےٓ واٗری لگَے

ییٚتہِ بٔنگلن یا ہایہِ پاربن مئز
لیہِ ترٛوپرِتھ یا رنگہِ داربن مئز

گیہِ ترأوِتھ کم بأپأری لگے
یہِ چھےٚ وآری لگے یہِ چھےٚ وآری لگے

یہِ چھےٚ مہرینٛز بدن پأرأوِتھ زن
دوہہ پونشہِ قدم ٹھٔہرأوِتھ زن

چکہِ چاوکی سورمے ٹأری لگے
یہِ چھےٚ وآری لگے یہِ چھےٚ وآری لگے

أسی سأری امانتدار ییٚتہِ أسی
ییٚہِ قوٗمکی أسی میمار ییٚتہِ أسی

أسی آسنی گوٗھی پزی زیأری لگے
یہِ چھےٚ وآری لگے یہِ چھےٚ وآری لگے

ییٚتہِ زاگان سأری چھِی أکِس اکھ
زن لوٗگمُت چھُ لوٗلس ازلے ٹکھ

کم بُلبُل گیہِ اڑ مأری لگے
یہِ چھےٚ وأری لگے یہِ چھےٚ وأری لگے

اَز تامتھ وُچھ یوٚت کِتیاہ آے
کینٛہہ ناوہ تھأوِتھ واپس وڑاے

تم چالاکھ أسی یا چأری لگے
یہِ چھےٚ وأری لگے یہِ چھےٚ وأری لگے

ییٚنہٕ زانکھ مےٚ چھُ وونی منزل دوٗر
یہِ چھُ صُحکہِ سونٛتک پھولوٗن ٹوٗر

یہِ چھُ ژلہِ وُن ڈل گفکأری لگے
یہِ چھےٚ وأری لگے یہِ چھےٚ وأری لگے

ہا عادلہٓ کتھ پیٛٹھ فیرُن چھے
از ژورِ بجہِ گرٕ گُن نیرُن چھے

وتھ چأنی چھمبہ مٔژی کرالہِ وأری لگے
یہِ چھےٚ وأری لگے یہِ چھےٚ وأری لگے

# یہِ چھُ انسانَس پانَس تام

یُس یِتھ وَوِ سُہ لونہِ تیُتھ پانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام
یہِ دِل کیازِ سنگ گو پرٕتھ انسانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام
ییٚتہِ زن کانٛہہ اکھ کرِ کانٛسہِ خاطر
واپس سُہ ونی میون بیوٗٹھُس پاطر
اوُہِ کرِ تیُتھ ڈُہہ کھسہِ آسمانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام
ییٚتہِ چھے مطلبک پرٕتھ کانٛہہ یار
کانٛہہ اکھا ڈیوٗٹھُم ما وفادار
مطلب درٛاو ٹکھ لوٗگ یارانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام

ژھر مٹ ییٚتہٕ وِچھ چھے وزان پۄر
گُڈی چھہِ لٲگتھ سونہِ کنہٕ دۄر
وأرو گرٕ کیاہ ییٚیہٕ سو دأنس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام
کأم کار کرنَس اسہِ چھنہٕ حأل
سُہ أسن مجنون یا أسن لٲل
ڈُنی ڈاس کرہن سرکأری خزانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام
دستار والُن ییٚتہٕ سأنی کأم
ہشہِ وول نوشہِ تے نوشہِ وول زأم
مہرازٕ لالن کش کوٚڈ بانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام
یُس ییٚتہٕ رشوس چھے دوان لتھ
سُہ ژھاران چایہِ کیُتھ نقدی ہَتھ
کأنٹہٕ ٔستی چھے ٹلان کانتی دانس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام

افسرو مٔژ سون افسر جان
پٔژی پأٹھی غریبن ہُنٛد قدردان
روب رأضی روزی نس اتھ قلمدانس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام

میٲنہِ ستیٚ کس کوٚت تکلیف لوٚگ
کینٛہہ وِچھان سیوٚدٕ چھِم کینٛہہ وچھان روٚگ
مأفی چھُس منگان مٔژ مأدانس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام

میٲنی کَنی لگو از برنٛین تأری
یِہِ لگے چھےٚ سارِنے پٔننی پٔننی وأری
تُہۍ روٚزو سلامت عادل دژاو پانَس
تہِ چھُ انسانَس پانَس تام



# زُربن ہشدِ ناوِ دُعا

حمد تے ثنا چون پروردگارا
بہ دُنیا چھُنہِ کاثہہ مے ہیوٗ نابکارا
مے کم وِہی تہِ کم ژِہی واُنسہِ وبتراُوِم
رضا چانہِ باپت دِلس شرٗوٗپراُوِم
مے باغکی گُل برِ گے تہِ یاد چھُم نا
اُنجم یوٗسمن پھُلے تہِ دِل شاد چھُم نا
ژےٗ سوٗ زُتھ مے فرزند ییمس رُت چھُ طالع
چھُ ماٗلس تہِ ماجہِ روٗف اولادِ صالح
ژوداٗہم زوٗن زن گرِ سون آیِی
یہِ خیرالرّیاح خانہِ موج ییلہِ زایِی
نوٗن شامہِ پیٹی سانہِ گرِ آفتاب دژاو
یہِ رائد میوٗن زُر وُچھ ماجہِ ییلہِ زاو
سنہِ اوس زِ ساس پنداہ تہِ بوموار

میٔ اوس پوٕنرِم تہٕ پھٲلتھ آے لالہٕ زار
یِوان ییلہِ پھِری پھِری مےٚ نِش نیٚہہ گاشے
پھولان چھم جگر ییلہِ کران شُری باشے
اے روبّا یہِ چھےٚ بس اکھ کرم چوٚنۍ
تھووُتھ کعبہٕ کُےٚ دُعا منظوٗر ژےٚ سوٗنۍ
وامقؔ چھُ مأبس تہٕ ماجہِ ہُنٛد وفادار
عارفؔ چھُ لولک آگُر تہٕ آبشار
نعمانؔ کونگہِ وارِ ہُنٛد چھےٚ کونگہٕ پوش

**ایضاً**

بیٚنہِ چھبس مأری منٛزاچھِ پوش
زُری میٲنۍ چھِ یِم خودا پوشناوی نکھ
گُل کٔمن گُلن سان وارِ وتہِ تھأوی نکھ
ووٚنی گٔری زبکھ خودایا نظرِ کرم ژٕ رے
بیٚنہِ پٔنہٕ رحمتے بٔری زبکھ ہلم ژٕ رے
بہ وقتِ سختی روٗزی زبم ژٕ شأمل
عطا گٔریزِ عأدلسؔ ایمانِ کأمل

......☆......

# Yaaras Vantyy Myoen

**Poetry collection By Adil Kralwari**



دۆیم بأتہٕ کتاب چھاپنہٕ وِزِ آنجہأنی موتی لال ساقؔی سُنٛد۔

## ندا

عادلؔ چھُ نِو دورُک اکھ وتھوٗن شأعرأمی سٕنٛزِ شأعری منٛز چھُ رس تہٕ تہٕ رنگ تہٕ۔
مقبول شاہ کرالہٕ وأرنِبن روایتن ہُنٛد وأرث عادلؔ چھُ پننہٕ نوٗمُد روتہٕ میٹھیو مدمأتی نغموزندگی
ہٕنٛدی ترُنی خاب وُشہِ ناوان تہٕ یہوے چھُ وجہ زِ أمی ہٕنٛدی نغمہٕ چھِ مقبولِ عام لُبتھ لوکن ہٕنٛد بن
دلن منٛز جاے کران۔

عادلؔ چھُ لوکچار کِمن خابن گِندان تہٕ گوڈٕ یہٕ وأنس کیٛاہ گیہ امہِ کِنٛی چھِنہٕ أمی سٕنٛزِ نظرِ
وُنہِ وارِ پأٹھی زندگی ہٕنٛدی سنبر تہٕ وگنیارُ چھمتی۔ فنکار چھُ پننس فنس تہٕ زہنس تندورس منٛز سونٛکی
پأٹھی پگلاوان تہٕ ییلہِ یہِ عمل عادلؔ شروع کرِتمہِ دوہہ آسہِ یہِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد رمبہ وُن
گونماتھ۔ مےٚ چھُ تمناز عادلؔ گژھہِ تہٕ کرُن ییٚمہٕ ستی فن یزی پأٹھی بجر تہٕ پوچھر لبہِ ہے۔

**موتی لال ساقؔی**

حضوری باغ سرینگر ۳ جون ۱۹۶۵ء





Designed & Printed By:
Al-Hussain Printers
Wathora Chadoora # 9419501129,9596076141
Email: alhussainprinters111@gmail.com